حضرتہ سندوی وطن ڈیشتھ آسہ ہا متن
ڈاچھہ چشمہ وندہس وتن ژھانڈہ ہن عرفات ومنیٰ

لولہ سیت پھٹم سینہ کرواتہ در مدینہ
ڈکہ تھاوہا بر زبینہ ڈیشہن گنبد خضرا

بوسہ دِتھ تتھ آستانس لولہ شراک لایہ ہا پانس
زُو ندہ ہا تتھ براندس دل وجان کرہس فِدا

دُچھہن برمہ شرہ اُدِتھ کتھ جایہ چُھ تشریف تھاوِتھ
پاین تل سر تراٲوِتھ وٲن کرہس عرضا

دپہ ہس ہا ٹیرہ پائے روزِی نہ کینہ سان مائے
کتھ جایہ روٚدُکھ ژہا تے اُمت چھ گیمژ فلوا

تھدوتھ حقن ہمبیانہِ سرداہ احوال میانِ دُچھ حقن وارہ
بیکس چھس لاچارہ اُفتادہ پیومُت از پا

چھکھ چھوم فراقہ چانے دِکھ چھوم یان مُیون زانے
مُوکھ ہا وُتم نندہ بانے سوکھ برہ ہا چھوم تمنا

مونس نفسِ امارن شیطان چھوم پتہ لارن
لگمت چھوس بدکارن شرمندہ گومُت رُسوا

محشر کہ تمہ گٹہ کارہ یا نبیؐ کرمیون چارہ
نارہ سندہ نار زہم تارہ کوثرک چاؤ زہم داماہ

لِلّٰہ کرتم یا ٔری کاستم ذلت تہ خوآری
تلتم گنہگ بادی ایمان کرتم عطا

حسنؔ آمت بردر بے چارہ بے کس ابتر
موکہ لاؤ زبن روز محشر ہا وتس دیدار مولا

---

# بزم مولودِ نبی یا رحمتک دربار چھا

(از غلام الدین سالکؔ)

۱۳۲۷ — — ۱۴۰۶ھ

گوشۂ باغِ ارم یا کوچۂ دلدار چھا
سجدہ گاہِ عاشقان یا جلوہ گاہِ یار چھا

جمع آثارِ شریفس منز گمت شاہ وگدا
بزم مولودِ نبی یا رحمتک دربار چھا

یورِہِم غالی اتھو گے اُن تمو بُرِ بر ملہم
اَغہ سند دستِ کرم یا ابر گوہر بار چھا

شانہ بٹر یانہ از یا گران مسکینن زکوٰۃ
کیا ستا کانہہ مفلس چھا کانہہ اکھ نادار چھا

از صلائے عام دِتموتہ اُم حکیم حاذقن
وچھتہ کنہ کانہہ داد لد چھا وتہ کانہہ بیمار چھا

عاشقو تِل شور از صلِ علیٰ صلِ علیٰ
کیا ستا تشریف فرماعالمک سردار چھا

سالکؔ اندر بارگاہ رحمۃ للعالمینؐ
ہیتِ بطور تحفہ آمت لوکٹی اشعار چھا

# نعتِ شریف

از غلام حسن

عاشقو روز باادب بحضورؐ — بزمِ میلاد سرورؐ اینجا

لولہ تے شوقہ پر درودِ حضورؐ — شاد سپد کھتہ غم ڑلی اینجا

کرزہ تعظیمِ مجلسِ میلاد — مدعا ساڑی حل گرّھن اینجا

یودشہ لالہ نظر کرہم زِ کرم — گاشش یادن فدا کرس اینجا

عشقہ نارہ دودمت میہ جگر — خونِ دِل کونہ ہارہ یہ اینجا

بہر تعظیمِ مجلسِ میلاد — ایستادہ ملک تہ حور اینجا

پاسِ میلاد دل گرّھن از شاد — چھو کھلبن دو کھڑلن ہمہ اینجا

یودڑہ مضطر گومت یہ بیماری — تھو لقین از شفاءِ بنی اینجا

چھکھڑہ غمگین گومت زِ ناداری — تطرے تہنزہ دِل پھولن اینجا

عاصیا غم مہ بر زِ جرم و گناہ — تھو دو مید عفو و وی گرّھی اینجا

عرض خدمت کران غلام حسن

یا نبیؐ مدعا کڈیوم اینجا

# رُت جوابا دِيئم رسولِ خداؐ

سالہ از سُون ايئم رسولِ خداؐ — رُت جوابا دِيئم رسولِ خداؐ
ڇهُس بہ آلوده از گنہ گاري — روئے سياهي ڇهليم رسولِ خداؐ
عاجزن بي کسن ڇهه سُے غم تواز — چاره سازي کريئم رسولِ خداؐ
ڇهُس بہ بيمارن ورنادبدار — کريئم امداد از رسولِ خداؐ
ڇهُس بہ عيب فارڇهُپنہ تنهه کا نهہ حد — پرده پوشي کريئم رسولِ خداؐ
دين دُنياه بجا گرڙهي سوتي — نظرِ رحمت کريئم رسولِ خداؐ
انن تشريف سُون اکهه ساتهاه — رُژ براتها دِيئم رسولِ خداؐ
از ڇهُه مولودِ حضرت احمدؐ — سون مهمان از رسولِ خداؐ

شوقہ عرضي ژدعا صبا کراز
رُت جوابا دِيئم رسولِ خداؐ

محمدؐ گوژه فقط محبُوب آسُن
نہ تهندرے نعت گوژه مرغوب آسن
غزل نے ليکهه هے کا نثر ها سخن ور
بباطن گوژه نبيؐ مطلوب دَ آسُن (علي محمد شهباز)

# حرف حرف چھُ نعت خوان لفظ لفظ چھُ التجا

فیاض تلہ گامی

حرف حرف چھُ نعت خوان لفظ لفظ چھُ التجاء

سہ آنتہٕ رُس چھُ بے بہا بہ چھس غتن زِ لیکھ کیاہ

یتھےٚ تیٚ آسہ ہکھ تہٕ ما خمارہ ہوٚنت دوہے دوان

ہوادہ ڈیوڈھ مت چھتھن ظاہر تہٕ کوُے مصطفیٰؐ

تسندِہ امارہ گل پھلان برگ برگ مشک تہٕ ھٹان

گلاب۔ یاسمین کیاہ چمن چمن چھی تس فدا

دروُدہ روز و شب پران مدینہٕ چیٚن وتن وُچھان

پھلان چھُ تارکن جبین گہان چھُ شوقہ ہوٚنت فِضا

قلندرن چھُ سُے منزل سُے عارفن چھُ آفتاب

نبیؐ چھُ گتھ کران تمس سہ روُے مُرسلن مدعاُ

سہ رحمتس نظر سرِتھ سمندرن چھُ عاجزی

سہ سِر چھُ اکھ عظیم سِر سہ آگُرے چھُ بے پناہ

فرش چھُ عظمتس نِثار رشک کران چھُ کائنات

عرش ییس چھُ میزبان منزل ییس چھُ منتہیٰ!

# یا محمّد مصطفیٰ ۴۱

کلام
جان محمّد زرگر

برتل کرانی چھس صدا یا محمّدؐ مصطفیٰ ؐ
کرتم کرم بہرِ خدا یا محمّدؐ مصطفیٰ ؐ

شہرِ مدینک بادِ صباح عطر خوتہ مشکبار
دادین دوامر مَرضن شفا یا محمّدؐ مصطفیٰ ؐ

پُرنور گو عرب و عجم ییلہ آئے فخرِ کائنات
پیو پھیٖر ایوانِ کسریٰ یا محمّدؐ مصطفیٰ ؐ

میانہٖ باپت دولتِ کونین بس عشقِ رسولؐ
مصدرِ لطف و عطا یا محمّدؐ مصطفیٰ ؐ

خاک مدینہ میانہٖ باپت بہتر از سیم و طلاء
کاش چشمن چھے یہ ملہا یا محمّدؐ مصطفیٰ ؐ

از جمالِ نورِ پاکت گو منوّر آب و گِل
بلکہ سورے زیر و بالا یا محمّدؐ مصطفیٰ ؐ

تاجدارِ ھل اَتیٰ صاحب جود و سخا
قُم فَانذِر قدِ بالا یا محمّدؐ مصطفیٰ ؐ

حق تعالیٰ کامرانی نہنہ منادی چھوہ کران
آیہٖ انا فتحنا یا محمّدؐ مصطفیٰ ؐ

چھی حقیقی تعریف کرمتی جاپجا در قرآن
والضحیٰ۔ یٰسین وطٰہٰ یا محمّدؐ مصطفیٰ ؐ

در شبِ معراج مشتاق پانہٖ ربّ العٰلمین
ادنُ منی چھوہ ندا یا محمّدؐ مصطفیٰ ؐ

معرفتہ ساقی سینہٖ برتم تشنہ لب چھس یا رسولؐ
ذاتن کرے کوثر عطا یا محمّدؐ مصطفیٰ ؐ

در شب اسریٰ مرسلو کور اقتداء
چھوہ امام الانبیاء یا محمّدؐ مصطفیٰ ؐ

ماہ و اختر گئے منور تُہُندہٖ ساقی یا رسولؐ
یک نظر قلیم مصفیٰ یا محمّدؐ مصطفیٰ ؐ

جانثار و چانہ وی سکہ نو نا دینِ مُبین !
مال و زر بیہ سر فدا یا محمّدؐ مصطفیٰ ؐ

جانؔ چھ نوی اکھ گدا گر چھم مےٖ اُمید یا رسولؐ
سرورِ ہر دو سرا یا محمّدؐ مصطفیٰ ؐ

# صلّو علیہ دائما

اے مظہرِ سرِّ الٰہ
وے مصدرِ لطف و عطا

شمس الضحیٰ بدر الدجیٰ
صلّو علیہ دائما

ژی چھوک شفیع المذنبین
ژی رحمۃً للعالمین

ژی تاجدار انبیاءً
صلّو علیہ دائما

ہا داوہ وئی وئی تئی قدم
ان مشک از بیت الحرم

انلت یا ریح الصبّاح
صلّو علیہ دائما

من ذاتہٖ نور الہدیٰ
ذاتِ مقدس تس چھوکیا

دادبن دوا مرضن شفا
صلّو علیہ دائما

من کفہٖ بحر الہمم
دریائے ہمت کیاہ چھوغم

دستِ اجابت جابجا
صلّو علیہ دائما

امت پناہ چھوے ناو تس
داودژہ حال میون باو تس

دودہ مُت جگر چھوم ہاو تس
صلّو علیہ دائما

فیھا النبیّ المحترم
تس منز چھو شاہِ محترم

سُوی رہنما سوی پیشوا
صلّو علیہ دائما

توت واوہ بیدوے واتہ ہا
باسوز دِل دِمہ ہا صدا
پھِرت ادہ ہیمہ ہا نہ زانہہ
صلّو علیہِ دائما

عربُک ثرہ عالی پایہ چھوکھ
مطلوب و محبوبِ خدا
عجمس کیتُوی سرمایہ چھوکھ
صلّو علیہِ دائما

جبریل چونوی ڈیڈ وان
شاہ چھُوم محمّد مصطفےٰ
ہر دم چھو ملکوتس تھیکان
صلّو علیہِ دائما

نوح نبی در انتظار
تھو یاد گو از غم جُدا
طوفانسی لگِہ نا میہ تار
صلّو علیہِ دائما

موسیٰؑ چھو پران در حضور
دیدارِ ز چأنوی مدعا
چأنی صفت بر کوہِ طور
صلّو علیہِ دائما

داؤد چانوی نعت خوان
گرِدیدہ گئے ارض سما
توراتی کی آیہ پران
صلّو علیہِ دائما

یٰسؔ آسہِ چأنی کل دِلس
در دین دُنیا چھُوس نفع
آسان بنیس پرتھ تمسکلس
صلّو علیہِ دائما

چھُوم تار للہ وُن دُورِ یرک
میانن چھُوکھن بُلغار چھُول
آسے گدا بوزُم صدا
صلّو علیہِ دائما

ولادت:۔ ۱۹۱۶ء

## صلوٰ علیہ دائما

کلام فاضل کشمیری

بُلبُل ژِہ نالان گژھ دوان شاہِ مدینس کر سلام

وُنتس چھ بیکس مبتلا

صلوٰ علیہِ دائما

پھوُلمُت گلاب باغس اندر
وُولمت ہے عربس اندر
اَنوُر چھ روئے والضحیٰ
صلوٰ علیہِ دائما

بُر دِین وُوُنی ترادی تو
روئے مُبارک ہادی تو
کری تو نظر پاسے خدا
صلوٰ علیہِ دائما

والشمس رُوِیس گتھ کرے
واللیل مویس پیتھ مرے
خوئیس ژِ یہ چھے صد مرحبا
صلوٰ علیہِ دائما

چانی دِیس چھیم آش تے
ونَدہے اَچھن ہند گاش تے
کانہہ چھُمنہ یاور ژے سوا
صلوٰ علیہِ دائما

اے صاحب عرش آشیاں
زیرِ قدم چھی آسمان
ژے ابتداء ژے انتہا
صلوٰ علیہِ دائما

فاضِل چھُ گومُت خستہ دِل
ہر جا چھس ژے متصل

یِ کار چھس شام دپگاہ

صلوٰ علیہِ دائما

# نعت شریف

میمس نہ جیبسّ میمس تہ دالس — حرفس حرفس قربان لگہ ملا
الفس تہ جیبس میمس تہ دالس — لفظس لفظس قربان لگہ ملا
مکس مدینس تنھ روضہ پاکس — طرفس طرفس قربان لگہ ملا
تنھ قدِ پاکس تنھ سرِ نازس — دو تھنس ہتھس قربان لگہ ملا
والشمس رویس واللیل مویس — بے کینہ سینس قربان لگہ ملا
رائز کیو تھ دتھنس تھجد پرنس — منگہ منگہ کرنس قربان لگہ ملا
شکلِ حسینس خلق عظیمس — شانِ کریمس قربان لگہ ملا
فاقے رُوزنس بُو چھپِہ ہینتھ کھیاو نس — مہمان نوازس قربان لگہ ملا
حجرس دُونس نعلین شیرنس — گرہِ کامہ کرنس قربان لگہ ملا
صابر روزنس ثابت قدمس — شکرُاہ پرنس قربان لگہ ملا
طاعت گزارس شبِ بیدارس — تس اشکبارس قربان لگہ ملا
قرآن پرنس معنی ثارنس — تشریح کرنس قربان لگہ ملا
سالارِ بدرس سردار اُحدس — دُربارِ اعظمس قربان لگہ ملا
رُبنّا پرنس غفران منگہ نس — السّلام بوزنس قربان لگہ ملا

عَرشس کھنٗس طیبات پرٗنس — معراج کرنس قربان لگہ ہا

قریشی لقبس ہاشمی نسبس — مدنی حسبس قربان لگہ ہا

توحید پرستس تائید کرنس — تثلیث گالنس قربان لگہ ہا

والضحیٰ رُویس واللیل مُویس

عنبر مویس قربان لگہ ہا

شاہِ ہنیس تس نازنینس — تس مہہ جبینس قربان لگہ ہا

والشمس رویس واللیل مویس — عنبریں بویس قربان لگہ ہا

الفس نہ جیس میمس نہ دالس — حرفس حرفس قربان لگہ ہا

میمس نہ جیس میمس نہ دالس — لفظس لفظس قربان لگہ ہا

در دل مہ ارمان کرانی سو جانان — زندہ ہس بہ زو جان قربان لگہ ہا

اِی نا اِی نا دیدار دی نا — حال میون وچھہ نا قربان لگہ ہا

ای نا یاری کاسیم مہ غواری!

لگہ ہس بہ پاری قربان لگہ ہا

---

چھُہ بیون بیون عالمن بیون زمینا — اگر تہ آسہ کانہہ تس آسہ دینا

پنی پائے ٹھین پین مکہ مدینا — کُنے چھکھ رحمتہ للعالمینا

(میر غلام رسول نازکی)

# صلِّ علیٰ صلِّ علیٰ

دِل پران جِگر پران صلِّ علیٰ صلِّ علیٰ
چشمہ پران نظر پران صلِّ علیٰ صلِّ علیٰ
لوح و قلم نہ جبرئیل کوثر و نہر سلسبیل
شام پران سحر پران صلِّ علیٰ صلِّ علیٰ
میانی کتابہ ہندی اچھر میانی زبانی ہندیر د
زیر پران زبر پران صلِّ علیٰ صلِّ علیٰ
حُسن و جمال کائنات عشق جلال ممکنات
خالقِ بحر و بر پران صلِّ علیٰ صلِّ علیٰ
آغہ ژی کر نہ بہر بتولؓ نعت مشتاق سند قبول
جن و ملائیک پران صلِّ علیٰ صلِّ علیٰ

---

جن اصحاب نے رسالت مآب صلی اللہ علیہ وآلہٖ وسلم کے دور میں ہی نعت گوئی کے فن میں فروغ حاصل کیا۔ ان کے اسمائے گرامی اس طرح ھیں :-

حضرت عبدالمطلبؓ، حضرت آمنہؓ، حضرت ابوطالب، حضرت عکان بن عوامر، میمون بن قیس، عشیٰ، کعب بن زبیرؓ، حضرت حسان بن ثابتؓ، حضرت عبداللہ بن رواحہؓ، حضرت علیؓ بن ابی طالب، حضرت کعب بن مالکؓ، حضرت عمر بن خطابؓ، حضرت عثمانؓ بن عفان، حضرت حمزہؓ بن عبدالمطلبؓ، حضرت عباسؓ بن عبدالمطلب، حضرت عباسؓ بن مرداس۔

# آفتابِ ضحیٰ سیّد ماؐ

کلام جان محمد زرگر

آفتابِ ضحیٰ سیّد ماؐ
ابتداء انتہا سیّد ماؐ

روئے انور تہند بدرِ منیر
مظہرِ کبریا سیّد ماؐ

از خدا اچھے لقب رؤف و رحیم
حق ادا حق نما سیّد ماؐ

تہند ینہ کائنات سپار روشن
برہمہ اصفیاء سیّد ماؐ

زینہ چاآئی آمنہ سیٹھاہ سرور
بلکہ معطر فضا سیّد ماؐ

روضۂ اطہر سی پھیرہ اندر اندی
قبلہ شوق ما سیّد ماؐ

انبیاء اولیاء زیر لواء
سیّد الانبیاء سیّد ماؐ

ذات تو حق نما حق آگاہ
مقصد و مدعا سیّد ماؐ

نام اقدس تہند حسین و جمیل
مصطفیٰ مجتبیٰ سیّد ماؐ

اکھ نظر چاآئی بس دوّلت عالمن
سرورِ دوسرا سیّد ماؐ

وِرد کر بر زبان لیل و نہار
بلکہ صبح و مساء سیّد ماؐ

سورے ملکوت یران درود و سلام
بلکہ ارض و سماء سیّد ماؐ

روئے انور تہند ماہِ تمام
مرحبا مرحبا سیّد ماؐ

بر درت ایستادہ امیدوار
مشکلن حل نما سیّد ماؐ

# صلّوا علیہ دائما

اے شافع روزِ جزا | صلّوا علیہ دائما
وے مصدر لطف و عطا | صلّوا علیہ دائما
تُہے چھُوک شفیع المذنبین | تُہے رحمتہٗ للعالمین
چھو تاجدار انبیا | صلّوا علیہ دائما
مَہ داوہ ڈُل ڈُل تُل قدم | گژھتو تِہ در بیت الحرم

اِن نِلتَ یا ریح الصّباح | صلّوا علیہ دائما

بوم اِلی ارض الحرم | یُس واتہٕ تتونس کیاہ چھو غم
تتھ کُن نمان شاہ و گدا | صلّوا علیہ دائما
بلغ سلامی روضتہٗ | تتہِ حضرتس سائنس وطن
سر خم کرِتھ شاہ و گدا | صلّوا علیہ دائما
پیشِ النّبی المحترم | تتھ منز چھو شاہِ محتشم
سوے رہنما سوے پیشوا | صلّوا علیہ دائما
چھوی رخ تسند شمس الضحیٰ | چھوی موکھ تسند بدر الدّجیٰ
کرزو تہٕ جان تَس پتھ فدا | صلّوا علیہ دائما
انہ ذاتِ آں نور الہدیٰ | ذاتِ مقدس تَس چھو کیاہ

| | |
|---|---|
| دادِن دوا مرضن شِفا | صلّو علیہ دائِما |
| اصحابِ پاکن یارہ نے | بِن بِن تمن ژون یارہ تے |
| صلوات پرِ تو ہم ثنا | صلّو علیہ دائِما |
| داوو ژہ دِل گرژھ ہر سحر | اِستادہ روزت عرض کر |
| تتھ براندہ کنِہ کر سر فِدا | صلّو علیہ دائِما |
| یا مت ژِ مادر زاو ہے | در دار دُنیا آو ہے |
| تا مت پرکھ یا امتا | صلّو علیہ دائِما |
| کھوُت عرِیہ اندر آفتاب | تمی وحدتس تھد تل نقاب |

پھُلی عالمس ہر سو گلاب
صلّو علیہ دائِما

## چھُ معراج شہہ ابرار امشب

| | |
|---|---|
| مُبارک نُن سپُن انوارِ امشب | منوّر گے در و دیوار امشب |
| مبارک انتظاری عاشقاں را | کہ آمد وعدۂ دیدار امشب |
| چھ رحمت حق نازل بر خلائق | بہر سو رحمتکی آثار امشب |
| خبر کر خالقن از عرش تا فرش | چھُ معراج شہہ ابرار امشب |
| حبیبس از چھُ محبوبہ سند سال | بہ محبوبی چھُ در رفتار امشب |

کرِتھ پیراو گُلزارن تہٕ باغن | چھِ پیاران جنتکی انوار امشب
ملک سٲری بہ درگاہ پیمبر | کمر بستہ چھِ خدمتگار امشب
بہ روئے فخر جبریل امینن! | سجاون جنتک دربار امشب

براقس ساقی اسرافیل و جبرئیل
سپد متی تس جلوہ بردار امشب

## کلامِ سائلؔ

بحمد اللہ دُچھیم دیدار امشب | ہا ہو سوا زدید و وچھُم سرکار امشب
زلف ترأو دِتھ چھُ الفت باگراوان | خریدار کوچہٕ د بازار امشب
وَچھیم ہژدہ ہزار عالم گرفتار | بیک دِل بردر آں یار امشب
ملک توشن فلک روشن گَمت آسی | شگوفہ جنتک گل زار امشب
وچھوم لولاک تس یر دوش روشن | وچھیم فردوسکوی دیدار امشب
یہ در عالم قی در آدم چھُ موجود | سجود س منز وجود س یار امشب
وچھیم دروازہ وتھی عرشِ مجید س | رشید ساقی در اسرار امشب

چھوکہ لہ عاشقن مکھ دُورہ لہ دان
نکھ سائلؔ چھُ در دیدار امشب

# ذکرِ محبوبؐ

(صلی اللہ علیہ وآلہٖ وسلم)

یا نبیؐ ژٕ ی در انبیاء محبوب
ژٕے وناں پانہٕ چھےُ خدا محبوب

در جمیع پیمبراں و رسل
کانہہ نہٕ ژٕے ہیو چھُ دلربا محبوب

با چنین حسن و دلبری و جمال
مطلقاً ہیاکھ زانہہ بیا محبوب

بہ تامل دِچھوم بدیدۂ دِل
گو نہٕ امکان ژٕے سوا محبوب

دل بے مار چھوم گمت شیدا
سرِ ندے چھوک ژٕہ دل کشا محبوب

برگزیدہ کرو توٚی ذاتن
خوب روین اندر پیشوا محبوب

رس بفریاد کس وَنٕے دادٕی
بس چھوہم یارو غمزدا محبوب

کیاہ چھُ شوبان مرسلینن منز
میون جانانہ مہ لقاء محبوب

در ازل ادس یژھ مثے ذاتن
از دو عالم ژٕہ مدعا محبوب

تنگ سپُن مت چو غنچۂ دِل میوٚنی
بکشا چھو کھ ژٕہ دل کشا محبوب

خوب روین تہٕ نازنینن منز
سون حضرت چھُ افضلا محبوب

---

بوشس چھے یاد تھ پوش پھلی پاکیزہ مرود سی ؎ تو شا ملکن ہیتھ چھے ژٕے خدا پانہٕ درود سی
والنجم رفرف دَراو سبحان الذی اَسریٰ ؎ والیل سفرس والضحیٰ منزل چھُ نمود سی

(جناب مرغوب بانہالی)

# نعتِ خوان پانہ تس خدا امشب

سالہ ییہ شاہِ انبیاء امشب — کرِہ ازدادِ نی دوا امشب

تھاوِہ ناکَن ہمیشہ کنٛن تگس ناوس — کرِہ حاجت دِلک روا امشب

چھُس صفتِ والضحیٰ وہم طٰہٰ — نعتِ خوان پانہ تس خدا امشب

ذاتِ پاکن دِتُس بلند شانہ — سارنی ہندسُو دِل رُبا امشب

کیاہ شُبان چھس زُہ نرگسِ مازاغ — چھی تمِن سرمہٕ ماطغیٰ امشب

چھُومنہ کانہہ تس سِوا بو چھوس بیکس — سوی ہمیہ مطلب تہ مدعا امشب

تھاوتم لولہ نار منز سینس — دِیہ ناو صلکوی دوا امشب

ایرہ گومُت بو چھوس سو لوُڑھ کھارِم — منتظر چھُس بو تس گدا امشب

چارہ کرِہ ناسو اسِہ لاچارن — کرِہ لطف وکرم عطا امشب

بردرت نالہ زن بو چھوس نور دین !!

بخشتم سارٕی از خطا امشب

## سالہ ائی عالمک نواب امشب (غلام نبی گوہر)

سالہ ائی عالمک نواب امشب — عرضین دی ہمیہ رتٕ جواب امشب

سور کرِہ ییتھ وجود دہ کس طورس — ہاوہ نورانہ بےحجاب امشب

مصحفِ ہند خلاصہ وٹھ ناوِم — والضحیٰ رویہ چی کتاب اِمشبُ

کیماہ سِپدِ صحن خاپنیح یہ لٹھ — اُنہُن تشریف آنجناب امشبُ

بردہ یمنک ولتھ ملل ملبوس — شامہ پتی کھسہ میہ آفتاب اِمشبُ

نافہ عنبر چھکان کسیم ہیبرن — وندہ باغس پھلین گلاب اِمشبُ

تس چھُ آدیزہ جنتّ الماویٰ — بیس شُودیٖ جلوہ بے حجاب اِمشبُ

چارسوا زچھ رحمتیح بارِش — رحمتس ما چھ کانہہ حساب اِمشبُ

میانی محفل چھ محفلِ میلاد — میرِ محفل خدا وھاب اِمشبُ

شمعِ محفل محمدؐ عربیؐ — بابِ محفل چھ بوتراب رضؓ امشبُ

ہادہ دیدار از مہہ کامِل — عاشقن پژ چھُ اضطراب اِمشبُ

جانِ محفل چھ حضرتِ حسنینؓ — حقن نتولن مژھل گلاب اِمشبُ

آلہ وان زوچھ گوھرنی شُری باژ

آغہ بیبہ سون بے نقاب اِمشبُ

---

## از واتہِ پوّت شاہِ عربُ

اُسہ وُن زمین پھلہ ون چھُ نب — از ہا واتہِ پوّت شاہِ عرب ! !

نُورک صبح آو دراو شب — از ہا واتہِ پوّت شاہِ عرب ! !

نمی وحد تس تھد تل نقابُ — گو دور پژ کول اضطراب !

ژول عاشقن ہجر گ یہ تب | از وانہ یوت شاہ عرب
مقصود و مطلوب جہاں | سے زینت کون و مکان
شکر دہن شیرین لب | از وانہ یوت شاہ عرب
پُر نور یہ بزم مصطفےٰ | چھپے جلوہ گر شمس الضحیٰ
ژول عاشقن از لولہ تب | از وانہ یوت شاہ عرب
از گتہِ ظلمی گو جواب | از خستہ جانن ژول عذاب
پیو ذاتسی پانس طلب | از وانہ یوت شاہ عرب
چھس بو غمو کرمت خراب | چھم زندگی باسان عذاب
موکلاوہ نا محبوب رب | از وانہ یوت شاہ عرب
چھس دادی لد خستہ گمت | بر خاک چھسنہ یو پیو مت
تلہ نا میہ تھد شاہ عرب | از وانہ یوت شاہ عرب
چھم انتظاری میہ سٹھاہ | روئے ماہ وہ ناکرہ ناستھاہ
وچھ نامہ کُن از خندہ لب | از وانہ یوت شاہ عرب
چھم اُمتس غم خوار سے | چھم غم زدن دلدار سے
چھس انتظارس با ادب | از وانہ یوت شاہ عرب
ذاتن دِ توس تھد مرتبہ | پیغمبرن ہند پیشوا
طٰہٰ صفت یٰسین لقب | از وانہ یوت شاہ عرب

سائل چھ پراران ڈیدہ تل ا | مشکل کرہ م ساری میہ حل
موکلاؤ از غیض و غضب
از واتہ یوت شاہ عرب

## چھم دلس آرزوئے آنحضرت (خاموش کیرمری)

چھم دِلس آرزوئے آنحضرت
کرسناہ ڈیشہ روئے آنحضرت

عمرہ ہند آفتابہ چھم بر کوہ
بس میہ چھم آرزوئے آنحضرت

حاجیاں گرد کعبہ می پویند
کعبہ برحق چھ کوی آنحضرت

ہر کسے روبقبلہ می دارد
میون قبلہ چھ روی آنحضرت

حق تعالیٰ چھ در قرآن کریم
واصف خُلق و خوی آنحضرت

مقصد از والضحیٰ رخ پاک است
ہست واللیل موی آنحضرت

ہم وغم می شود دور از دل
بیلہ وتھان گفتگوی آنحضرت

گلِ ریحان ترا نماید ہیچ
یُدوچھک رنگ و بوئے آنحضرت

بہر ایشان مقام محمود است
ہا دہ حق آبروی آنحضرت

غرض یُد چھے شفاعتن مرض
عرض کر روبروئے آنحضرت

بے زبانن کران ھمدردی
یتھ چھ خوئے نیکوی آنحضرت

کیا زہ چھک مبتلائے غمِ خاموش
روئے دل تھاؤ سوئے آنحضرتؐ

# شہہ معراج

خاتمِ مرسلین شہہ معراج
سیّدُ المتقین شہہ معراج

ماہ بزمِ مقامِ او ادنیٰ
شاہِ عرشِ برین شہہ معراج

باز اوج معاینہ بے شک
رازِ خلوت نشین شہہ معراج

ہاوہ ہس کیاؔ سنادؔ مایہ نا
سینۂ آتشین شہہ معراج

ہاوہ نارخ تھاوہ نا بردوش
گیسوی عنبرین شہہ معراج

روزِ محشر میانِ خاص و عام
شافعِ مذنبین شہہ معراج

تراوہ لطفیج عنائیتیج نظراہ
سوئے ایں دلحزین شہہ معراج

مرسلن تے پیمبرن منزا آؤ
آفرین صد آفرین شہہ معراج

آؤ جبریل گو براق سوار
لامکانک مکین شہہ معراج

زحمتِ دِل میہ کاسہ ہاوہ بہار
رحمتِ عالمین شہہ معراج

عاشقانہ درودہ پر دائم
مونسِ عاشقین شہہ معراج

میہ جبینن اندر چھِ اے افضل
دلبر د نازنین شہہ معراج

# رازِ وحدت چھُو صاحب المعراج

از سید نورالدین گیلانی

گُل وحدت چھو صاحب المعراج
بحرِ رحمت چھو صاحب المعراج

لوحِ محفوظ تس چھو زیرِ نظر
سرِ قدرت چھو صاحب المعراج

مقصدِ حق ز عالم و آدم
گنجِ ہمت چھو صاحب المعراج

عرش و کرُسی تمِن زیرِ قدم
جانِ عزت چھو صاحب المعراج

مجمعِ جود و معدنِ اوصاف
کانِ نعمت چھو صاحب المعراج

تس چھہ محتاج انبیاءؑ و رُسلؑ
تاجِ دولت چھو صاحب المعراج

ماہ و خورشید گنزھ کرن ردیس
شمعِ اُمت چھو صاحب المعراج

سُوی چھہ والی بہ تختِ اَو ادنیٰ
شاہِ خلعت چھو صاحب المعراج

واصلن عشق تمسند دی حاصل
جامِ فرحت چھو صاحب المعراج

نورالدین ہوش کر بہ نعتِ نبیؐ
رازِ وحدت چھو صاحب المعراج

---

# دلا آس ژی خاکِ پائے محمدؐ

دلا آس ژی خاک پائے محمدؐ
اچھن دون اندر کر ژہ جائے محمدؐ

زِ عشق محمدؐ زہ کر جامہ پارہ
بہ احمدؐ چھو عاشق خدائے محمدؐ

چھہٗ عرشس نہ فرشس منادی تہ شادی
بہ ارض و سماء ہائے ہوئے محمدؐ

تمنّا اگر چھےٗ ژےٗ تمہٕ رو بہ پاکک
گلن منز گژھن کر صدائے محمدؐ

میہٕ سرمایہ یس چھُوم نظر عنایت
بہ دُنیا و عقبیٰ لوائے محمدؐ

بہٕ ژھارن تس یس دلکوی دوا چھُم
بینم دردِ دلسی شفائے محمدؐ

چھو فرمودہٕ باری لولاک لمّا
جہاں پیدہ گو از برائے محمدؐ

مِیہ گژھ چانہِ جلوک اِتھے اَکھ اِشارہ
خُدا را میہ کاسُم یہ شرپا محمدؐ

شفاخانہ دون عالمن رحمتک چھُم
مریضس میہ بخشم شفائے محمدؐ

الم نشرح سینہ مشروح کرُنم
زمازاغ خوش تو تیائے محمدؐ

زانا فتحنا علم آیہ تمسند!
زنصرٌ مِّن اللہ عطائے محمدؐ

تمام مطلبن مقصدن آرزوین
سرس تھلہ تہ بالا مدعائے محمدؐ

چھ یسہ ذکر مقبول نشہ پاک ذاتس
تتھ منز نہ کانہہ سر سوائے محمدؐ

سو چھوی صورتن زٕ سو چھوی جسمنی روح
بہشت عدن چھوی سرائے محمدؐ

وچھک ذات باری ژہ پزٕ پاٹھ آں دم
اگر ڈیشکھ آں ماہ لقائے محمدؐ

ہراں خون دیدو پراں نعتِ چاًنی
چھُ عاشق کراں جستجوئے محمدؐ

پراں جن و انسان چھی در عبادت
درود و سلام بس برائے محمدؐ

---

| | |
|---|---|
| دِلس منز مے چھُوم آرزوئے محمدؐ | خدایا مِے ہاوم روئے محمدؐ |
| مِے ہاوم بلند آبروئے محمدؐ | بمحشر تمام مرسلن نبین منز |

# جلوہ ڏيئي احمد محمد ﷺ

از سُون اچي احمد محمدؐ
اَسان جلوه ڏيئي احمد محمد ﷺ

وَ آئج ميه ڙنه ظلم تهندي فراقن
اَسه روئي هاڻي احمد محمدؐ

عالم سوري گو از معطر
از مُشک هاڻي احمد محمدؐ

تهاؤنم مي جگر داغ غلامي
کر تسنه اچي احمد محمدؐ

تورات و انجيل منسوخ سيدي
نئي بيلہ دراچي احمد محمدؐ

اسنون حنان در عشق گو فان
وُود تمي براءِ احمد محمدؐ

مس پياله کهاسين بري بري تقوه مس
ائ نا ته چپئي احمد محمدؐ

الهام ربي پيو جانو ارن
بو لان آچي احمد محمدؐ

بُت خانه وُسي وُسي پي سرنگون گئي
رنني بيله دراچي احمد محمدؐ

وُن من رائي تمي قدر الحق
احلس چهپئي احمد محمدؐ

بو بکر و عمر عثمان و حيدر
چهي خلفاءِ احمد محمدؐ

قطب دو عالم آن غوث الاعظم رضه
موفيق راءِ احمد محمدؐ

سبط حسن رضه چهي آل حسين رضه چهي
نور و ضياءِ احمد محمدؐ

رَچهه تن يه سائل اين دور فاني
زير لواءِ احمد محمدؐ

# جلوہ ہاوی محمدؐ

ولو بلبلو جلوہ ہاوی محمدؐ — بگلشن قدم پانہ تھاوی محمدؐ

مے برجستہ ہلمت چھ لولک گلستان — بہ نرگس مشکدار چھاوی محمدؐ

درود سرورس اند خوش نوا پر — بگلزار نورانہ ترآوی محمدؐ

غمو دادوے یم چمن خستہ کرمِت — بہ رحمت تمِن سگہ ناوی محمدؐ

گمت ضائع یم گُل چھ از بے نوائی — تمن تازہ کرہ پھلہٖ راوی محمدؐ

دزاں سینہ یس چھوے در نار ہجراں — زھینہٖ تس کری شہلاوی محمدؐ

خبر ہیہ علیلن نظر دی ذلیلن — بہ شفقت دِل سنبلاوی محمدؐ

یمن زخم ہجراں لگمت چھ سینس — تمن دی دوا بلہٖ راوی محمدؐ

بہ رحمت سرشار کرِہ از غریبن — زِ عرفان مے ناب چاوی محمدؐ

نسیم ھدایت شمیم سعادت

ثرے منظور از بخشاوی محمدؐ

# نعتِ رسولِ مقبول صلی اللہ علیہ وآلہٖ وسلم

از طبع مولینا فطرت کاشمیری علیہ الرحمتہ

چھُ دۆن عالمن قبلہ رویِ محمدؐ
بہشتِ بریں خاک کویِ محمدؐ

چھُ در سورۂ شمس و اللیل سوگند
بہ صُبحِ رخ و شام مویِ محمدؐ

تمِس شمع روشن چھِ پروانہ کاتیاہ
چھُ ہر ذرہ در جستجویِ محمدؐ

یِکہِ روزِ محشر چھِپہ پرتھ تشنہ کامس
اُمید از لبِ جویِ خویِ محمدؐ

منگن انبیا سجدہ ہی منز نزدِ داور
پئے مغفرت آبرویِ محمدؐ

تمنا مے چھم کیاہ تناؤ دیشہ ہن بو
شباہ اکھ بخوابی سہ رویِ محمدؐ

نہ چھم بیم دوزخ تمنائی جنت
خدایا مے چھم آرزویِ محمدؐ

چھُ شیرین تر از لذتِ قند و شکر
مے در روز و شب گفتگویِ محمدؐ

زہِ فطرت یِد نیا یہے بڈ چھُ دولت
بنکھ شوقہ یوٗد نعت گویِ محمدؐ

## فرمودات مولانا عبدالرحمٰن جامیؒ

ایمان پاک، ارادہ پاک، گفتار پاک، کردار پاک، وسائل روزگار پاک، طرز استعمال پاک، توجہ پاک، تفکر پاک

## بوونِدے سر قدمن یا محمدؐ

از محمود گامی
المتوفی:- ١٨٥٥ء

مہربان گرِھتہ ہمن یا محمدؐ
بوونِدے سر قدمن یا محمدؐ

دِلم را با حقیقت شاگردان
مجازس کُن چھو ہمن یا محمدؐ

پرزلون نورہ برقی وُہ ستارہ
سو تعریف چھوی ژہ ہمن یا محمدؐ

شبِ معراج ژی پتہ اقتدا کر
نبی ہتھ آدمن یا محمدؐ

نظر یامت ژہ ترادِتھ سرمہ چشمو
پھولے لیج یادمن یا محمدؐ

کتہِ چھوک ہمہ ہا ناو چانوی
بوژھا لذت نِشہ کمن یا محمدؐ

روشہ پاٹھ پتہ مہ کُن توشہ کوتاہ
مہ کرمے پوشہِ چمن یا محمدؐ

دُزِل وُٹھ چانی ڈیشتھ رنگ چھو رُمت
گلابن کو سمن یا محمدؐ

دیان چھُوس روزہ نتہ پتہ روضہ چانے
دچھیت اَز بردِمن یا محمدؐ

ژہ چھو کنا قبلہ تہ پتہ کعبہ میانوی
بو دمے سجدہ ہمن یا محمدؐ

نقیرن ذکر غنی فکر صفی
ماریتم چانی غمن یا محمدؐ

اجازت کیا چھہ دمت نیم شبس
جیم کُج زلف خمن یا محمدؐ

محبت چھون کرِت جائے دردل
اُسی نتہ آدہ کمن یا محمدؐ

خجل منتہ کرِنتہ للہ عاشقن منز
تتہ پتہ سار ستمن یا محمدؐ

مبارک سلسلہ چھوی قادری مہ
بو چھوس اَتھ زِدِہ لمن یا محمدؐ

چھو چانوی اُمتی محمود گامی
سو چھوی ژی پتہ ہمن یا محمدؐ

## کرِیو سرمہ چشمو نظر یا محمدؐ

از
غلام رسول کاوسہ

کرِیو سرمہ چشمو نظر یا محمدؐ
سیٹھاہ چھس عذابس اندر یا محمدؐ

اُنوم غفلتن توس غمن منز گیر گوس
ہرُتھ بوُ وستھ بیوس پتھر یا محمدؐ

بوُ چھس انتظارس نبی تاجدارس
ہیو نا بیمارس خبر یا محمدؐ

ژہ چھکھ گنج رحمت مے کاسُم بے زحمت
کران میاّنی غفلت مثر یا محمدؐ

بہ رنج و ملامت گمژ چھم قیامت
ژٹم وُنی ندامت بہ سر یا محمدؐ

لگے چار یارن صحابہ کبارن
ژٹم تولہ نارن جگر یا محمدؐ

چھ اُس اَنھ داُرِتھ منز دربارس
اُسی پیھ کرو درگذر یا محمدؐ

رحم کر گدابن چھی اُسی نادلایان
ژے دتیمت خدابن تھزر یا محمدؐ

رہ راست ہادو مئے ناز چاؤ دِ و
دِس منز مہ ترا اودِ اثر یا محمدؐ

مہ چھم عشق پُونے پُھم نندہ بُونے
مہ اتھ منز کرِ و ناہر بر یا محمدؐ

بو آسے سوالی مہ حسن کرمہِ خالی
بہ خالی ہلم میون ژہ بھر یا محمدؐ

سیٹھاہ رُت چھُ ساعتھا دِیو رُژ براتھا
دِیو عالمس منز ظفر یا محمدؐ

چھسے اُمتی پون چھ سلطان پیر میون
مہ کرمت خداین رُژر یا محمدؐ

## قرآن سر بسر چھُ نعت خوان محمدؐ

از
سعد الدین سعدی

بالا و بلند تھود چھُ سیٹھاہ شانِ محمدؐ
قرآن سر بسر چھُ نعت خوان محمدؐ

وہراتھ زد دُرمت چھُ گلستان حیاتُک
بتراتھ ژھانڈان ترِیش از بارانِ محمدؐ

تمہ دربارٕچ عظمت و قدرت چھُ مسلّم
مختار و شہنشاہ چھ غلامانِ محمدؐ

پرتھ واریِ ززر ژاوٕ ہردٕ آو مقدر
سرسبز چھُ تا ابد گُلستانِ محمدؐ

انہار نسند شمس و قمر دوہ چھُ منوّر
حٰمٓ ویٰسین خلعت سامان محمدؐ

اللہ تہ محمدؐ چھُ فقط راز بس اکھ راز
ربّ زانہِ محمدؐ تہ ربّس زانہ محمدؐ

چھنہ عالمس توت تام فولان گاش یوان صبح
یت تام نہ دی بانگ سحر خوان محمدؐ

نادار بٕدِ چھکھ بار کمر خم تہ گنہگار
سرمایہ بُڈ چھے سعدؔ با دامان محمدؐ

---

## محمدؐ بے کسن ہُند کس محمدؐ

از شوکت انصاری

محمدؐ بس محمدؐ بس محمدؐ
محمدؐ بے کسن ہُند کس محمدؐ

لقب تس چھے مزمل بنیہ مدثرِ
قرآنن ناو دیتمت یس محمدؐ

جہالتھ دوٗر گے ظلماتھ ویسرے
یمیے اوٗن قدرتن زٕ گتس محمدؐ

ڈیکن باوے ژے ابدچ کامرانی | خدا اَن لیوٗ کھنے از کس محمدؐ
اُچھن ژُنڈ گاش بیلہ مونگتھس تہ دِیتنے | پرزلوٗن نوٗر ہیتھ عرشس محمدؐ
عجم سپد بوٗ منوّر نوٗر ڈیشتھ | کران گے زوٗل بیلہ عربس محمدؐ

مدینہ گژھ ژٕ شوکت ڈیپھ تراوُس
ژے دادین چھے دوا بس، بس محمدؐ

## یوان ہر سو چھ خوش بوئے محمدؐ

کلام جیلانی

بیا اے عاشقِ روئے محمدؐ | فِدا کر جان بیک موئے محمدؐ
زباغ آں شہنشاہِ محمدؐ | یواں ہر سوٗ چھوٗ خوشبوئے محمدؐ
مشرّف گئے زشرف خلقِ اعظم | سیٹھاہ مشرک زخوشخوئے محمدؐ
تعجّب چوٗن چھو کیاہ اے عاشق راز | چھو حق پانے ثنا گوئے محمدؐ
پہ درد و غم الم بیہ سوزِ دل اُس | یکوَ ہیتھ بادب سوئے محمدؐ
اشک از دیدہ ذوقِ محبت | گژھو ہاران در کوئے محمدؐ
چھ لب تشنہ رٹتھ ساری چھواِس | حیاتک آب از جوئے محمدؐ
چھکوَ اُس دردہ اوش دِلہ چیوا چھوکِن | ڈُوو سر خم کرتھ کوئے محمدؐ

چھو ازلے بستہ دِل جیلانیس بوز
بہ مشکین تار گیسوئے محمدؐ

# نعت شریف

از آشم — المتوفی:- ١٩٤٦ء

الٰہی مِہ ہاوُم جمالِ محمدؐ
بُو چھُوس تشنہ چاوُم زلالِ محمدؐ

ترم فکرِ والعصر یامت پرُوم مے
چھُو سوگند از ماہ و سالِ محمدؐ

کلیمسؑ سر طور نورُک تجلّی
تَدٕلی چھُو اوجِ کمالِ محمدؐ

سُو شاہِ رُسل ماہِ اوجِ نبوت
تَتٕ اَند اَند سِتارِہ چھِہ آلِ محمدؐ

یِو خاکی سُو نوری بُو فرشی سُو عرشی
ہشر کیاہ مِہ چھُوم در وِصالِ محمدؐ

وُچھتٕ فرِ سلمانؓ سُلیمانؑ چھُوترماران
ہیمنا مُقام بلالِ رضؓ محمدؐ

دِوان دادِہ دب عشقِہ تب آشمس چھُون
ہلا لاہ سپُن از خیالِ محمدؐ

---

# کوئے محمدؐ

اَفتابہ نفکن زُوٕنہ مِہ وُچھ روےِ محمدؐ
شب روز چھُ اوَے کعبہ تمس کوئے محمدؐ

اے بادِ صبا اُلتہ مِیَن پوشہ تھرِن دِیوٗد
دِچھ گاٹِنہ گُلس نیرِہ اگر بوئے محمدؐ

گُفتار شکر آبِ حیاتس نہِ اَمیک لوُب

وُٹھ میٹھو تہٕ زبان ترتہٕ موٗدُر غوے محمدؐ

دَلیل صِفت زُلفِ عنبر شانہ شبستان

گیسوے درخشاں سُونبل موئے محمدؐ

فاضلِ ژرِ یہ بمین دَردلین کُمُ سہ اَثر دیت

یم سوزہ بُرِ نفر نالہِ گمتی سوے محمدؐ

---

## جَلالِ محمدؐ

جمالِ خُدا چھُے جمالِ محمدؐ

جلالِ خُدا چھُے جلالِ محمدؐ

درخشان سپدی ازابد گے منوّر

مہر، ماہ و انجم زخالِ محمدؐ

نبس پیٹھ چھ خیر البشر ماہِ کامِل

درخشندہ تارک چھ آلِ محمدؐ

شہ رشکِ خضرؑ، ابن مریمؑ تہٕ یوسفؑ

زمانس اندر چھا مثالِ محمدؐ

ثنا خوان تمس چھی ملک، جن تہٕ انسان

چھُہ کارِ حسن قیل و قالِ محمدؐ

خدایا! ژِہ مرحوم کرمیا تی اُمت
لبس گو نمس منز وصالِ محمدؐ

بروزِ جزا اُمتس کر خلاصی
خدایا! یہے اکھ سوالِ محمدؐ

ابوبکرؓ و عثمانؓ و فاروقؓ و حیدرؓ
حسینؓ و حسنؓ خوشخصالِ محمدؐ

صنم زورِ دن نعرہ اَللہُ اکبر
ژِہ فاضل! جگر کر بلالؓ محمدؐ

---

## جلوہ ہاوان چھو احمدِ مختارؐ

خوشخبر آدہبت نسیمِ بہار
جلوہ ہاوان چھُو احمدِ مختارؐ

باغِ کونین از چھُہ خوشبودار
جلوہ ہاوان چھُو احمدِ مختارؐ

بلبلو لولہ کین گلن کر کراو
شکر للہ دِلک تمنا دراو

جایہ جایہ چھُہ پھلیتی گلزار
جلوہ ہاوان چھُو احمدِ مختارؐ

طایران چمن بہ حسنِ ادا
بار بار یا حین پران چھُہ صلِ علی

گلشنن منز دنان چھُہ خوشگفتار
جلوہ ہاوان چھُو احمدِ مختارؐ

| | |
|---|---|
| دا ترنم و نان چه صبحک د او | والضحیٰ روی نازنین از آ و |
| از لقد جاء کم د چهو انوار | جلوه ها وان چهو احمد مختار ص |
| حبذا از ظهور نور مبین | گو مزین به آسمان و زمین |
| عالم افروز کیاه چه شمس د نهار | جلوه ها وان چهو احمد مختار ص |
| عرش و کرسی ته لامکان پر نور | قدسیان و ملک چه از مسرور |

ماه تابان د آفتاب دسیار
جلوه ها وان چهو احمد مختار ص

---

منتخب **از حیدر شاه** اشعار

| | |
|---|---|
| سار نی نبین هند سرور ص | محمد ص مصطفیٰ ا پیغمبر ص |
| سار نی هنده خونه تیر بهتر | محمد ص مصطفیٰ ا پیغمبر ص |
| محبت تهندوی واجب ان | یئی نه آسه محبت سو چه شیطان |
| محبته رستن کره نه نظر | محمد ص مصطفیٰ ا پیغمبر ص |
| یئس پره درود محبته سان | سوی مره پئز پا اٹھ یا ایمان |
| زنده پانه ڈلیشه سوی آنسرور ص | محمد ص مصطفیٰ ا پیغمبر ص |
| درود چهوی سوزان پانه جبار | درود چهوی شب و روز ملکن کار |

درود س رائی چھ آنسر ور ٢ — محمد مصطفیٰ اپیغمبر ٢

یس آسہ رائی آنسر ور ٢ — تس دن جنت نہ حوض کوثر

تس دن حورہ تے تاج پر سر — محمد مصطفیٰ اپیغمبر ٢

قبرہ منزہ ہاؤنی پیغمبر — دپہ نے یمن کن کرزہ نظر

پرزنتھی مشر نے جنتس بر — محمد مصطفیٰ اپیغمبر ٢

یُس نہ زانہ قبرہ منز تہنز صورت — تس چھینہ موکلنچ کیھنہ صورت

وسہ ونوی ہاؤ تس نار سقر — محمد مصطفیٰ اپیغمبر ٢

روی اُدس آئینہ زن تابان — یار آس تمہ کن پان وچھان

گتھ آسی ماران شمس و قمر — محمد مصطفیٰ اپیغمبر ٢

قربان لگہ ہوی آتھ رویس — جان پان وندہ ہوی آتھ خویس

خوی تہند اوسوی حوض کوثر — محمد مصطفیٰ اپیغمبر ٢

یمہ وتہ پکان سُون سردار ٢ — تمہ وتہ الوان مشکن دار

مشکہ سیت پرزنون روز محشر — کیاہ چھُیہ سُون مشکدار پیغمبر ٢

یتھ جایہ سردار تراوان ڈاف — تتھ جایہ لچھ بدہ کستورناف

تتھ جایہ شوبہ نا مشک اذفر — محمد مصطفیٰ پیغمبر ٢

قبرہ منزہ ہاوتے تہنز صورتا — یس منز شانن مہر نبوت

تہندی غلام شاہ حیدر — محمد مصطفیٰ اپیغمبر ٢

# پر درودہ ژہ سوئی آنسرورؐ

کلام محمد خلیل قریشی

در سرم جستجوی آنسرورؐ — چھُم بدل آرزوی آنسرورؐ

عارفن سُوئیسُو بنان جلوہ — عاشقن کل چھ سوئی آنسرورؐ

برزبان داستانِ شاہِ اُمم — در دِلم آرزوی آنسرورؐ

عمرہ کرہا یہ ٹاٹھ ہش عملاہ — باادب گفتگوی آنسرورؐ

چھُم وسیلہ بنیم سبیلہ ژژ — پیش حق آبروی آنسرورؐ

کار یزدان با ملک صلواۃ — پر درودہ بسوی آنسرورؐ

در کتب ہای آسمانی وچھ — حق کران گفتگوی آنسرورؐ

والضحیٰ ییس صفت قرآن — نور سحری چھُ روئی آنسرورؐ

برتر از عرش یثرب و بطحیٰ — بہتر از خلد کوئی آنسرورؐ

از غم و ہم بنی رہائی زود — پر درودہ ژہ سوئی آنسرورؐ

کاسہ ٹاٹھ تمس دِیس زنگار — آسہِ ییس جستجوی آنسرورؐ

مشک اذفر چھ زلف جا سیمن — جیم گیسوی موئے آنسرورؐ

سرمہ عاشقان بصدق وصفا — خاک اطرافِ کوی آنسرورؐ

شب معراج جن وانس و ملک — گئے دِچھان آبروئے آنسرورؐ

گتھ کران مہر و ماہ دَوہس راتس — چھے تِمن آرزوئے آنسرورؐ

# نعتِ رسولِ اکرمؐ

(میر شمس الدین حیرت کاملی صاحب)

عاشقو وتھ گژھو مدینس منز | عشقکی جائے کرژہ سینس منز
مدر گفتارم از لب شیریں | تژھ شیرینی نہ انگبینس منز
یژھ ملاحت تمن بشوکت و شان | چھنہ تژھ کانسہ نازنینس منز
روئے خورشید چھوکھ سبھاہ تابان | بوئے خوشبوئے یاسمینس منز
زلف واللیل چھکھ سبھاہ مشکین | چھنہ تتھ مشک شہر چینس منز
دورہ دورے موکھس عرق شوبان | نورِ حق چھوے تمن جبینس منز
بوئے خاک مدینہؐ پاکش | رُت امانت چھو عنبرینس منز
خاتم المرسلین توے ادسک | ختم پیغمبری نگینس منز
تھو دِلس منز ژہ حب آل نبیؐ | زن ژہ چھکھ نوحسی سفینس منز
پرژہ از صدقِ دِل درود حضورؐ | زن تھو تتھ لعل و دُر خزینس منز
بیس نہ حُب نبی دلس آسی | بد ترین سے چھو تتھ زمینس منز

کاملی عشقِ سرورِ کونین
حجتاہ چھے توی ژے دینس منز

# نعت شریف

(از آثم)

شاہِ دینس ہمکان ہدینس منز ... عاشقن جلوہ گر چھو سینس منز

ناو احمدؐ تمِن چھُو بر افلاکؑ ... بمحمدؐ علم زمینس منز

اَحمدس تا احد چھہٕ میمیچ فرق ... بینتھو نہِ تھاوک خلل یقینس منز

صاف اُدصاف ؤن تہند داتن ... جابجا مُصحف مُبینس منز

نازنینس چھہٕ سرمہٕ مازاغ ... شُوبہ دُن چشم نرگینس منز

سینہٕ گنجینہٕ الم نشرح ... کم جواہر چھہٕ اَتھ خزینس منز

بختہٕ بڈٕ کیاہ بہٕ تخت اَوادنیٰ ... جلوہ افروز شہ نشینس منز

شان خوبی نشان محبُوبی ... تتھ دچھو منہِ نقش چینس منز

شہٕ نزاکت نہٕ اُس نہٕ آسی زانہہ ... بجدا کانِسہٕ نازنینس منز

شُوبہ کر لاف عشق شاہِ عرب ... مہِ ہوسِ اعجمی کمینس منز

کِرہ ناپای میون رای مہِ چھم ... مائی تمسنز دِل حزینس منز

ہوش کر سرورِ رسالت چھُوم ... پشتباں دُنیہس تہٕ دینس منز

آیمس ست دِلس زلُطف نبیؐ

جائی دِن جنت برینس منز

# السلام ای شاہ عالم السلام

(محمد خلیل قریشی)

السلام ای شاہ عالم السلام
السلام ای فخرِ آدم السلام

السلام ییٚنہ چانہٕ آمت خوش بہار
السلام زبنہٕ چانہٕ پھۅلمت نوبہار

السلام ییٚنہ چانہٕ کٔژ لوگ رحمتس
السلام زبنہٕ چانہٕ دب لوگ ظلمتس

السلام کفرٕچ گڈ گیہ دوراز
السلام نورٕک گاہ ہیوٚ پۅراز

السلام پوتلین سپُد ناسوراز
السلام لُب عالمن دستوراز

السلام شاہنشی مجبور از
السلام بیکس غلام مسرور از

السلام پھُلی ناکنڈین گلزار از
السلام دٔدون سپٕن گلزار از

السلام مظلوم گئے آزاد از
السلام محروم گئے آباد از

السلام مفلس سپٕن زردار از
السلام آمِت شہہ سرکار از

السلام بوجہل ہیو درنار از
السلام ژھینی یوٚنہٕ تے زُنار از

السلام چھپے آمنہ مسرور از
السلام چھوی عبداللہ مشکور از

السلام ہیوٚ مرت خلیل درنار از
السلام نارس کر بوس گلزار از

## نعت شریف از ناظم

المتوفی:-
۱۸۵۱ء

چھس دُور پیومت گژھتہ رودم یار مدینس
تمہ نورہ روشن گئے در و دیوار مدینس

واللیل موبکہ یو یہ سیتین مست چھ زہ عالم
والشمس تہندوئے جلوۂ رخسار مدینس

مازاغ چشمن چھکنہ نندر از غم اُمّت!
یو نہ سوزہ گژھت روزہ ہا بیدار مدینس

گُلروئ عنبر بوئ سنبل موئ نرگس چشم
تمہ حسنہ پھلمت جنتک گلزار مدینس

سوئ جای بہتر پیش حق از کعبہ و از عرش
یتھ جایہ بہتھ پانہ سو سردار مدینس

خاک بوسہ تہند یک چھ کرت عرش تمنّا
سی پارہ جگر لارہ ہا یک بار مدینس

آمہ ناوہ عشقنہ دوٗدمہ جگر بادہ کمس حال
مُشرت یو گژھ ہا سینہ افگار مدینس

کیاہ کرہ زر چھم یولہ سیتین ذرہ جداپیوس

تم آفتابن نرأو نم انوارِ مدینس

درگریہ پیومُت ابروچھت اشک شفاعت

ازخندہ سپُن روز شبِ تارمدینس

چھنہ عشقہ تیج زان کیہنہ نادان طبیبس

تِل بلہِ تب ییلہ واتہِ سُہ تیدارمدینس

دادِ لدونہ ہا گژھت دِکی داد طبیبس

ژھانڈان دوان لارہ ہا بیمار مدینس

سیٚ شمع ژھانڈان لاگہ ہا پروانہ کرس گت

آوارہ دِل ہنجھ کوچہ و بازار مدینس

بیچارہ ناظم آرزو ہنجھ چوٗن چھُ دَردِل

کروانہ دوان نالہ دِوان زار مدینس

---

## رباعی

چھُ کعبس سنگِ اسود داغ سینس ؛ عرق چھوس زمزمک پیشیان جبینس

سیٹھاہ ارمان چھُس بخشش ذاتن ؛ شرف ییس تمی عطا کرمت مدینس

میر غلام رسول نازکی

( صفحہ ۲۵۱ سے آگے )

چشمہ چھے بادام تس رخسار زن پھلی متی گلاب
الفہ قد چھس حس تھوتھ باریک سینس ون سلام
گلہ گنڈ تھ بعد از سلام وئی زیس تہٕ ینہ مشراو ہن
جانانہ زنہٕ طرفہ دِلکس دِل نشینس ون سلام

## سلاماہ ژےٚ رسولِ نازنینس

سلاماہ ژےٚ رسولِ نازنینس سلاماہ ژےٚ شفیع المذنبینس

ادب رٔچھ رٔچھ ژٕہ وٕن زیس حال میونوی
بٔ مشراوٕ نفس ژٕہ پیوٹھک منبر مدینس

یتیم خبرے دیتم وصلیح مہ شربت
یکھ حض تیلہ بیلہ بو واتے تل زمینس

مقدس کیاہ چھُ چونوی روئے انور
مچھا بیٹھی نہ زانہہ چانِس جبینس

ژٕہ پھیران سائلنی چھک آسمانن
لگے بیدار کرنس روح الامینس

لگے معراجہ کے مہرازہ قربان
شُو بان چھُٹے تھپ کرِتھ جبریل زینس
جلو دار آسنک رتبہ بخش تس
نتے کس زانہ ہے روح لا مینس

لگے میلاد کے شامل ژے پارٕی
ژے نِن پاٹھی پانہ ذانن کرُنے یارٕی
مے مہ دم رٔوے تھد تلنم مِہ لِلّٰہ
پیومت چھُس چھُم گمُت بریان سینس

خوشی چھم از خوشی چھم از خوشی چھم
دُچھنت اکہ شبہ تہ بلہ مِہ دود سینس
لعمرک چانٔی دٔری مہ وان یہ قرآن
سیٹھاہ چھوک ٹوٹھ رب العالمینس

لگے لولاکسی ژے تاجدارس
المنشرح صفت یٰسین سینس
ژہ چھوک ابرِکرم دریائے رحمت
وندے سر رحمۃ للعالمینس

ژے کوتاہ شان دیتوتے ذوالجلالن
بجر دیتونے تو سے شہر مدینس
کنڈیو تیرو کینو زخمی حض کرو یکھ
مگر دُرہ کھڑنہ زانہہ تہندس جبینس

لٹے اکہ منز گٹے دیدار ہاویوم
بہ وچھے لولہ چشمو اَتھ جبینس
دِلک غنچہ پھُولیم گُل روئے ڈیشتھ
تلیو ناپردہ اتھ ماہ جبینس

ولو ماہِ رویہ وچھتم حال کیاہ چھُم
بہ مشرو تس ژٔ رُودک منز مدینس
دُعا مقبول گژھنا حاضرن از
ہنا اِیَ نا بہار بیہ بارغ دینس

ژہ چھک شاہنشاہ مُلکِ رسالت
فتحنا چھوی لیکھتِ واضح نگینس
مے واراہ کال دُوتم انتظارس
تُویمہ ہا یا نبیؐ چائس مدینس

چھو سائل آش ہیتھ روزت برس تل
مے لِللہ زار بوزم دل حزینس

# خونِ دِل دیدہ وی ہاران عاشق

(کلامِ سید افضل صاحب منطقی رح)

دَرِ دِل یا نبی و نان عاشق — لولہ چانے چھُہ مُت بنان عاشق

نام اقدس تہند زِ شوق تمام — بر سَر لوحِ دِل کھنان عاشق

ہر طرف از محمّدؐ و احمدؐ — عشقہ سأتی دِل پنن جران عاشق

نور چانُی چھُہ در نشیب و فراز — در پس و پیش تی وُچھان عاشق

ذکرہ فی منز تہ فکر وی سأتی — لولہ چانی چھُہ دِل گران عاشق

دور روزن تہند سیٹھاہ دشوار — کریو ٹھ دوداہ چھُنہ زران عاشق

روشہ ایتو بہ گلشنِ خاطر — پوشہ فی مالہ چھی گران عاشق

مو دیس در فراق دیدارس — رود زندہ چھُنہ مران عاشق

یا نبی ہاو تو مہہ انور — لوٗب تہندی چھُہ تربران عاشق

کیاہ ستناہ اکو دماہ اینو تشریف — خونِ دِل دیدہ وی ہاران عاشق

افضلاہ دمبدم درود و سلام
پرتہ شاہس چھُہ تی پران عاشق

# اے شہہ دوسرا سلام علیک

عبد الغفار تائب

اے شہہ دوسرا سلام علیک
انت خیر الوریٰ سلام علیک

نام پاکت محمدؐ و احمدؐ
مصطفیٰؐ، مرتضیٰ سلام علیک

افراز پایۂ بصد تمکین
ہر سر انبیاء سلام علیک

خاک رہ بان کوئی تو ہستند
اولیاء اتقیاء سلام علیک

تاج لولاک از خدای کریم
بر سر خوش نما سلام علیک

تیغ فتح تو جاودان تیز است
بر سر اشقیا سلام علیک

سیدا عافنا و احفظنا
من جمیع البلاء سلام علیک

جملہ فرقان ز فاتحہ تا ناس
در کمالت رقم سلام علیک

والضحیٰ در قرآن خدا گفتہ
چانہ رویک قسم سلام علیک

صفحہ سے آگے

گل برنگ شعلۂ خس از چمن پرواز کرد
گرم تا در آشیاں گردید جائے عندلیب

از صدای خندۂ گل می شود روشن کہ نیست
ہیچ صوتے دل کشا تر از نوای عندلیب

# محمدؐ جلوہ ازہ ہاوان محمدؐ

از منظور کشمیری

مُبارک اُمتی شادان مُبارک　　محمدؐ جلوہ ازہ ہاوان مبارک

نسیم والضحیٰ اَرد از ڈلانی　　شمیم عنبرین بوے کیا یوانی

بہار دِلبران شوبان مبارک　　محمدؐ جلوہ ازہ ہاوان مبارک

وسانی عطرِ رحمت کیاہ چھو خوشبو　　چھکانی ازلہ کوی عطار ہر سو

زِ ہر سو مشک ازہ ایوان مبارک　　محمدؐ جلوہ ازہ ہاوان مبارک

پھولے لجمٔ چھ ازباغ جہانس　　شگوفہ خوشنما کیاہ کائناتس

ریاحین چمنَ تو شانِ مبارک　　محمدؐ جلوہ ازہ ہاوان مبارک

چھو گومت آشکارا نورِ انور　　سپن دنیا و ما فیہا منوّر

ظہور جلوۂ جانان مُبارک　　محمدؐ جلوہ ازہ ہاوان مُبارک

دَنانِ در ترنُم صبحکوی واو　　حبیبِ اللہ رسُولِ ہاشمی آد

پرَان صلِّ علیٰ ہر آن مُبارک　　محمدؐ جلوہ ازہ ہاوان مُبارک

برین تقریبِ مسعود ازہ فیروز　　چھو در امُت آفتاب عالم افروز

پیٔے دیدار ازہ پھیران مُبارک　　محمدؐ جلوہ ازہ ہاوان مُبارک

منادی پھیر ملکوتس ژ و پاری　　کرِ و اَے قدسیو جلسٔچ تیاری

ملایک در امتی نازان مبارک　　محمدؐ جلوہ ازہ ہاوان مبارک

# نعت شریف

از

قطب الدین واعظ ــــــ المتوفی ١٢٧٤ھ

سر بو وندے چھوک سانو سردارؐ
یا رسولؐ السلام علیک

کر بو ڈیشی چانوی دیدار
یا رسولؐ السلام علیک

مکہ مدینہ کینہ چھوک بطحا!
ییتہ می کئن ہا وتم وتھاہ

ستھ چھہ چانی کرم کتھاہ
یا رسولؐ السلام علیک

قاب و قوسین چانوی مقام
خاصہ جبرئیل چانوی غلام

تازہ ہر روزہ چانوی اسلام
یا رسولؐ السلام علیک

سر و قد چانو طوبی اخرام
خوا ئی یم ڈیو ٹھ تم لوب آرام

نارِ جہنم تس پیٹھ حرام
یا رسولؐ السلام علیک

ابطحی چھوی ہاشمی کرانوی
دارِ ہجرت مدینہ چانوی

مُلکِ ابد خزینہ چانوی
یا رسولؐ السلام علیک

شرِ ولعل لب بہر خُدا
داد دِلِ دِن دادِن دوا

اسہ کرو حاجت روا
یا رسولؐ السلام علیک

دستھ ہمتین حمایت کریتو
خوار گیمتین عنایت کریتو

مندہ چھامتن شفاعت کریتو
یا رسولؐ السلام علیک

| | |
|---|---|
| آرزد چھُوم میہ رُمہ رُمہ | وُچھ ہے قاب قوسین بمہ |
| تت بحر ابس کو نہ نمہ | یا رسُول السلام علیک |
| یا شفیع المذنبین | خوار چھوس حال زارم بیین |
| نفس شومن کرنس خود بین | یا رسُول السلام علیک |
| یَنہ رحس ترادو نقاب | تنہ اُمت گیمژ خراب |
| سَر بوونددے سَرتلنہ از خواب | یا رسُول السلام علیک |
| برُ دِمینک نقاب تھُد تل | پردہ مہ وَل اَسہ نشہ بالکل |
| گُل رَدِیس لاگے بلبُل | یا رسُول السلام علیک |
| آددآعنظ بر در تو شاہ | سوز دلکوی کران صدا |

اُتھ رٹتوس برائے خُدا

یا رسُول السلام علیک

---

## مُبارک

گو شامِ غم آد صبح ولادت چھ مُبارک

کھوت آفتابِ حسنِ نبوت چھ مُبارک

آیہ حوٗرہ پر ان سورہ کران نورہ ردیس گنھ
گو وچھہ طرب عید ولادت چھُ مبارک

در سلسلۂ زلف سپُد کار اُلفت پور
آو ملکِ دل در دامِ محبت چھ مُبارک

در قلب و جگر گو و فورِ ذوق و محبتؐ
پھول گل یکلرارِ عقیدت چھُ مبارک

مسرور گو ملکوت زِ گلبارئے افلاک
میلادِ شہنشاہِ رسالت چھُ مُبارک

گو حجرۂ حضِ آمنہ روشن زِ انوار
دُر از صدف نوٗن دراو بعثت چھ مبارک

مجموعۂ اوصاف آو اکھ ذاتِ مقدّس
ابروی چھس محرابِ عبادت چھ مبارک

گو مزیّن دُنیا و دین و عالم افلاک
آو منظہرِ انوارِ ھدایت چھ مُبارک

ای سرزمین مکہ وفادارانِ پُر شرف
ضوٗ باشئِ تابانئے رحمت چھ مبارک

بے مثل و نظیر بے بدل نایاب بے بہا
در گنج اسرار گوہر وحدت مبارک

در بارگاہِ حسن ڈیو ٹھم عشق جیلانی
از دیدہ ہاران اشکِ ندامت چھ مبارک

---

## چھُے پاک ذاتن گورمت جسم مطہر یارسولؐ

(از فاضل کشمیری)

ہر جایہ چانے خوبہ سِتی گُل گئے معطر یارسولؐ
شیرین دہن تے میٹھ لب چھی قند تہ شکر یارسولؐ

گاہے مُکھ روئیں نقاب پوت زونہ کھیم آفتاب
گاہے ژرہ یکھ ہا دکھ بہ خواب روئے منور یارسولؐ

والیل موئیں شانہ کر نانس گُلابس ٹوئی بر
سنبل اوییزاں تازہ تر زلفِ معنبر یارسولؐ

زن چھکھ بہار و کھورمت پوشن گلشن منز ژورمت
چھُے پاک ذاتن گورمت جسم مطہر یارسولؐ

فاضل ندامت چھا سہل منزل یہ مشکل بے بدل
ساری اتری چھم نظرِ تن، دل چھم مکدر یارسولؐ

# مہربانٔی یارسُولؐ

از
غلام قادر عطارؔ

آسہ بر تکۍ چھُس رِوانی مہربانٔی یارسُولؐ

از مےٚ کرِو تو نظر ثانی، مہربانٔی یارسُولؐ

کریشہ گومُت تریشہ ہوٚت چھُس پیشِ آمُت چھیم سِٹھاہ

بوزِ تو فریاد میانی، مہربانٔی یارسُولؐ

قدِ شمشادس یو لگہہ، ژوتہ جان کرہے فِدا

روٗحِ رحمت چھے نشانی، مہربانٔی یارسُولؐ

تاج بخشُے ذاتِ پاکن لاج دوشوٚن عالمن

اَرض و ہیچ حُکمرانی، مہربانٔی یارسُولؐ

گُم سُپد ظلمات ڈیشتھ نوٗر چونوے نورِ حق

عرشِ فرشس گتھ کرانی، مہربانٔی یارسُولؐ

شوٚہ پرٕن شہباز چھکھ دوٚن عالمن ہند پیشوا

چھی فلک سجدس نمانی، مہربانٔی یارسُولؐ

اُمتک غمخوار چھکھ ژٕے لامکانک تاجدار

ژٕے چھے چانی کامرانی، مہربانٔی یارسُولؐ

رُوے چوٗنُے والضحیٰ موے والیل اذا سجا

خوٗیے خوشبو تتھ ہرٲنی، مہربأنی یا رسوٗل ؐ

قاب قوسین ہیوٗوَنے پرزلو ونے نوٗر ظہور

حوٗرِ مشتاق چھے روٗحأنی مہربأنی یا رسوٗل ؐ

ژے شفیع یتھ کاینٲتس ذرٕ ذرٲنس سایہ چوٗن

پایہ بُڈٕ ہنٕز پاسبأنی، مہربأنی یا رسوٗل ؐ

رحمتہً للعالمین ؐ چھک رحمتکی دَروازہ تراو

دُتھ اُمتس ناگہأنی، مہربأنی یا رسوٗل ؐ

زالہٕ لوگمت جانوارہٕ نالہٕ دِدان چھُس عطار

آس برتَل چھُس رِوأنی، مہربأنی یا رسوٗل ؐ

---

حضرت صدیقیس تس دردانَس — یَس اوّل صاحبن ہیوٗت پاتس سأتی

عُمر خطابس تس پہلو انَس — یمی جنگ کور شیطانَس سأتی

حضرت عثمان ابن عفانَس — یمی کتھ کرہ قرانس سأتی

حضرتِ علیس شاہ مردانَس — یمی ژوٹ کھیہ مہمانس سأتی

رسول خدایس شاہ سلطانَس — یَس اُمت ہیہ پانس سأتی

رندو ہیدین ہنٕزہ کامہ تراو تو — تراو تو پراوُ تو حقہٕ سُنٕز وَتھ

حضرت محمد ؐ منتہ مُنشراو تو — اَسہ رِٕن دوزخس تمن روزہ کتھ

(کلام شیخ نورالدین نورانی رح)

# آن تہٕ تشریف یا رسولؐ

سائیں دعوت کر قبول آن تہٕ تشریف یا رسولؐ
خونِ جگرٕک بہٕ کرے نزول آن تہٕ تشریف یا رسولؐ

پا بہٕ پلڑ بو پا بہٕ پلڑ بو سا بہٕ چون کلِ عالمس
کائناتس کیوت ترٕ دشتھل آن تہٕ تشریف یا رسولؐ

روئے الانور چون ڈیشتھ رنگ چھ رومت پوشہ وی
موبہٕ والیل زن تہٕ سنبل آن تہٕ تشریف یا رسولؐ

نرگس بادام چشمن سرمہٕ ناز و ادا
شوبہٕ ون چھکھ ژٕہ مقبول آن تہٕ تشریف یا رسولؐ

ژی حفص یاور ژی حفص داورس مے ژے پیٹھ نظر
ژے حفص میونے مال تے مول آن تہٕ تشریف یا رسولؐ

سال چھوے ژے نور دینن حال از وچھ کھ میون
بہٕ لال وندہ ہے متہٕ دِتہٕ طول آن تہٕ تشریف یا رسولؐ

# بوززاری یا رسولؐ

از
جان محمد زرگر

چھُس بہٕ گومت دِل فگاری بوز زاری یا رسولؐ
نام پاکس پأری پاری بوز زاری یا رسولؐ
انبیاء و اولیاء چھوہ زیرِ در اُمیدوار
چأنی عظمت بے نظیری بوززاری یا رسولؐ
روئے چون خورشید تاباں گیہ منور شش جہات
شوٗبہ دُن ماہ منیری بوز زاری یا رسولؐ
ہجرہ کی نارن بہٕ زولنس وصلچی شربت دِیُوم
پھولہ ہن مہ گُل ژو پأری بوززاری یا رسولؐ
چھُس گداگر چانہِ در کوٗی چھُکھ ژہ قاسم یا رسولؐ
کاستم سأری فقیری بوز زاری یا رسولؐ
درشبِ اسریٰ توئی لامکانک شاہ سوار
چھُے مقام سدرہ سریری بوززاری یا رسولؐ
چھُس بہٕ اُمت زیرِ در یا رسولؐ اُمیدوار
بخشتم مے گُناہ ساری بوز زاری یا رسولؐ

---

غلام نبی گوہر

رحم کرتم سراپا چھکھ ژہ رحمت ؎ عنایت در دو عالم چھیم ضرورت
تقاضا اُدن منی اورہ غالب ؎ مگر سأنِس رفیقس فکر اُمت

# نعت شریف

۱۲۴۹ھ (از پیر حسن شاہ صاحبؒ کھوہامی) ۱۳۱۶ھ

لگیہ پاڑی میاڑی زاری کر قبول
بیقراری کاس تو از یا رسولؐ

عرش و کرسی تے فلک بیہ دوہ نہ رات
تہندِ ساڑتی کرُ پیدہ ذاتن یا رسولؐ

خالقن کرُ ی نو پنئین محبوب خاص
قاب قوسین چھوہ مقامت یا رسولؐ

حل مشکل از کر یوم چھس دل ملول
اکھ نظر لطفیچ مہ کری تو یا رسولؐ

چھوم بنتِ آمنت ونت کس زانہہ ملہ
دستگیری از مہ کرُی تو یا رسولؐ

لالہ یکھنا سالہ سوئنے زو وندے
عید میانی آسہ ہے سوئے یا رسولؐ

آغہ میانو حال پننہ نوی باوہ ہے
گوش تھاؤ تم عرضین ژی یا رسولؐ

دأدی لدچھس دادِنے بخشم شِفا
دِم دوامر ضن شفاأ ازیارسُولؐ

سر بہ وندہ ہے پایہ نی ترآدوِ ملال
میأنی حاجات کر رواڑی یارسُولؐ

پادشاہِ انبیأ چھوہ یارسُولؐ
مُرسلن ہند پیشوا چھوہ یارسُولؐ

ہر دہ کی داون اُسی دِنی زُزرڑ دن
گُل ہر تھپے جوئے نرِ تو یارسُول

چھوکہ لدنی ہاؔ وتو مکھ یارسُولؐ
نکھ ائی تو حال ونہ ہوئے یارسُولؐ

چھی پتھ ہمیت سیٹھاہ اُسی دردِ غم!
نھد تلبونا پاسہِ حق ونی یارسُولؐ

گاش چشمن ہند تسے وندہ ہوئے پادہ نی
بے کسن از آتش بُر تو یارسُولؐ

بے وسیلن دکہ لگی دنی ہر طرف
جائے چھینچ تسے لِنشہ دنی یارسُولؐ

والضحیٰ والشمس تھندوی روئے پاک
اکھ دماہ مے ہاوٗ تو از یار سولؐ

آمنوی دکہ زد حسن چھوہ زیردر !!!
خط آزادی دیوم از یار سولؐ

## نعتِ شریف

کلام
خاموش کریری

نازنینا مہہ جبینا روئے پاک می ہاوتم !!
خوش گژھیم دِل عمرہ پیٹھ ممنون احسان تھاوتم

کیاہ ونے نے چھم دِلیٔ نالان دِم دیدار دماہ
کھے ژیم تمہ سائتی سینس الفتوک مے چاوتم

تھپ مہ چانس دامنس چھیم گف چھونا چھوکھ آغز میون
داغ چانوی چھوم ڈیکس پیٹھ یانع دل فولہ ناوتم

گلشنس منز شبنمک پاٹھ رات کیوت پژہ لازی آس
شب گذارتھ تاف پیٹہ بروٹھ نندرہ مے وزہ ناوتم

نیک خو یا موی سنبل ببری خوتہ چھوی مشک دار
روی زیبا ہاوتم گوڈہ قبرہ منز پتہ ساوتم

نُورہ بُرِیتو سور کرونم دور ہرن چانی نیٹھ تنے
ہاد تم دیدار لِلّٰہ سینہ مے شہہ لاوتم
مایہ چانے رُود خاموش آیہ قرآن تک پران
سایہ بر سر تھاوتم تہ زخم دل بلہ راوتم

## اُمتک سربراہ رسُول کریمؐ

خاتم الانبیاء رسُولِ کریم
مُرسلن پیشواء رسولِ کریمؐ

حق مزمل مدثر تہ طٰہٰ
سورۃ والضحٰی رسول کریمؐ

آسمان و زمین تہ لوح و قلم
عالمن ہند بناءِ رسول کریمؐ

واتی تمِ بر عرش کرکھ معراج
عرشہ پیٹھ گو ندا رسول کریمؐ

بی چھُ اُمت قرآنِ پاکس منز
مومنن منتہاہ رسُول کریمؐ

بے کسن غم زدن تہ مسکینن
پیٹھ چھِ تراوان ردا رسُول کریمؐ

نورہ نِشہ پیدہ کرُ پاک ذاتن
راحت اولیاء رسُول کریمؐ

چھس بہ غم گین کریوم غمن شادی
راحتِ اولیاءؑ رسول کریمؐ

# شاہِ عرب ماہِ عجمؐ

کلام
جان محمدؐ زرگر

| | |
|---|---|
| پیاران یہ چھس دارِ تھ ھلم | شاہِ عرب ماہِ عجم! |
| کر دور میانی درد و غم | شاہِ عرب ماہِ عجم! |
| عظمت عطا از ابتدأ | رفعت عطا تا انتہا |
| زیرِ لواء لوح و قلم | شاہِ عرب ماہ عجم! |
| آسیٔ یلہ توہہ مہربان | یہ عاصیٔ آخر زمان |
| در دین و دُنیا چھس نہ غم | شاہِ عرب ماہ عجم! |
| طوبیٰ ترےٗ قد چھُے ماری مُند | لیٰسین خطاب چھُے ذاتہٕ سُند |
| مُسکن تہند باغ ارم | شاہِ عرب ماہ عجم! |
| پیغمبرن منز تُندہ یوٗن | یتھ کایناتس نوٗر چیوٗن |
| یَنہ چانہ پےٚ کعبکِ صنم | شاہِ عرب ماہ عجم! |
| اُمت ہرُد دَورزمان | اے شاہ باز لامکان |
| شاداب کرُن غم گین دِلم! | شاہِ عرب ماہ عجم! |
| شہرِ مدینہ شوٗبہ وُن | رفعت تہٕ عظمت تتھ چھ یوٗن |
| مُرسل کرِتھ تتہ سر چھ خم | شاہِ عرب ماہ عجم! |

ژی میانہِ دلکوٗی بس قرار     ہر وِزِہ چانی دَم بھران
کرتم کرم سوٗے ستھ مہِ چھم     شاہ عرب ماہ عجم!
چھکھ لامکانک شاہ سوار     جبریل چونوی جلوٗہ دار
عرش بریں زیر قدم     شاہ عرب ماہِ عجم
آسے سوالی زیر در     اے پادشاہِ بحر و بر
از بار عصیاں پشت مہ خم     شاہ عرب ماہ عجم!
کرہ کیاہ یہ تعریف تھٗندی بیان     آسہِ ربِّ یٰس نعت خوان
لرزان بوچھس کرہ کیاہ رقم     شاہ عرب ماہ عجم!
ہجرک دود در دِل مہِ چھُم     وصلک داماہ از مہِ دِم
پھٹراؤ تم دلکی صنم!     شاہ عرب ماہ عجم!
نامِ محمدؐ ماری مُند     طٰہٰ لقب چھے ذاتہ سُند
وردِ زبان چھم دم بدم     شاہ عرب ماہ عجم!
ملکو تسی اوس انتظار     عرش برینٕ لوب قرار
معراج چونے باحشم     شاہ عرب ماہ عجم!
کیاہ واتہ نابوٗ در حرم     اے صاحبِ جود و کرم
بعد از خدا چھوہ محترم     شاہ عرب ماہ عجم!
چھُم آیہ تن تھومنت مہِ جان     ہر وِزِہ چونے مدح خوان

کرتم قبول سوٗی ستھ مہ چھم
شاہ عرب ماہ عجم!

گژھتۍ ڈلی ڈلی واوہ میانِس مہہ جبینس وَن سلام
دِل پریشان چھُم گوڑت شاہِ مدینس وَن سلام

بُلبُلاہ یِمہِ ساعتہ واتک تتھ حسین چمنس اندر
نرگسَس تے سنبلس بیہ یاسمینس وَن سلام

ہی نہ بیہ مسؤل چھ عاشق ناز برداری کران
راز تھاوِت رازِ سی منز نازنینس وَن سلام

یُتھ نہ راوکھ پوشہ چمنس منز ژہ تھاوک پام مے
ہوش ڈالان یُس حسینن نس حسینس وَن سلام

نعت کا باقی حصہ صفحہ ۳۳۲ پر دیکھیں

خاتم الانبیاء رسوٗل کریمؐ
مرسلن پیشوا رسوٗلِ کریمؐ

حق منزل مدثر تہ طٰہٰ
سورۂ والضحیٰ رسوٗلِ کریمؐ

آسمان و زمین تہ لوح و قلم
عالمن ہند بناء رسوٗل کریمؐ

داتی تمی بر عرش کرکھ معراج
عرشہ پیٹھ گوندا رسوٗل کریمؐ

اُسی چھُ اُمت قرآن پاکس منز
مومنن منتہا رسوٗل کریمؐ

بے کسن غمزدن تہ مِسکینن
پیٹھ چھ ترا وان ردا رسوٗل کریمؐ

نورہ نشہ پیدہ کرُ پاک ذاتن
راحت اولیاء رسوٗل کریمؐ

چھس بہ غم گین کریم غمن شادی
اُمتک سربراہ رسوٗل کریمؐ

# سلام بحضورِ رسولِ مقبولؐ

اَز
جان محمد
زرگر

روئے انور کیاہ چھوتابان یارسُول اللہؐ سلام
دون جہانن گاہ چھوترا وان یارسُول اللہؐ سلام

نور چونوی کائیناتس ہیرہ بون تمکوی جمال
شش جہاتس گاشرا وان یا رسُول اللہؐ سلام

کوہِ طورس پیٹھ کلیمنؑ نورُ وچھ حیران گو
پرتھ اکھاہ سپدان چھو حیران یارسُول اللہؐ سلام

پایہ نازن چانیٔ تل چشمۂ آب حیات
کوثرس پیٹھ آسہِ چاوان یا رسُول اللہؐ سلام

روضۂ اطہر چھو چونوی مرجعٔ ہر خاص و عام
تتھ ملک اَندی اَندِ چھ پھیران یارسُول اللہؐ سلام

روئے پاک چُون تابہ وُن مہر درخشان از ازل
تتھ چھو عاشق پانہ یزدان یارسول اللہؐ سلام

اُدن مِنی پاک ذاتن در شب اسریٰ ونوی
یژھ چھی عظمت رفعت وشان یارسول اللہؐ سلام

قد بالا چوُن الف نہ نخل طوبیٰ پُر جمال
کا ئینا تنگ شاہِ خوبان یا رسُول اللہ سلام

چشمہ چانے شوبہ ونہ تعریف مازاغ البصر
تمیک تفسیر والنجم باوان یا رسُول اللہ سلام

زلفِ عنبر شوبہ دنی زن تہِ سنبل مشکبار
خوشبوی سائتی اسی مسرور آسان یا رسول اللہ سلام

عشق چھونوی ہر اکس در دِل چھو از روز الست
عشق چون میون دین و ایمان یا رسول اللہ سلام

جاں بر در آؤ گدا کینژ ہا عطا راہِ خدا
ہر صباح آسان بہ پیاران یا رسول اللہ سلام

تاباں چھو باغ سنت بر مصطفےٰ مبارک
خیر البشر بہمت شد رہنما مبارک
گلزار دین منور از جلوۂ پیمبر
تس پیٹھ درود و رحمت در ہر صباح مبارک
تس پیٹھ بفضل رحمان نازل سپن یہ قرآن
بے شک کرن شفاعت روز جزا مبارک

# یا رحمۃ اللعالمینؐ

چھوکھ مالک کون مکان ذاتن عطا کرُنے قرآن!
چھونہ کانہہ دُوئم تیتھ درجہان خیر الامّمؐ ای نازنینؐ
ژٕی چھوکھ شفیع المذنبین ژٕی رحمۃ اللعالمینؐ
کیاہ شوبہ دِن روئے مبین یا رحمۃ اللعالمینؐ

لگہ ہائے یہ روئے انورس مالک ژٕہ چھوکھ پیٹھ کوثرس
حاکم ژٕہ چھوکھ بحر دبرس لوح قلم ای نازنینؐ
یٰسین صفت چونوی بیان مزمل قبا لاگتھ عیان
مازاغ چشمہ بے گمان باغ ارم ای نازنینؐ

---

## محمدؐ چھکھ محمدؐ نور یزدان (عبد الرحمن الفت)

ژٕہ وُچھمے عرش مُعلّے انبوّتک شان
محمدؐ چھکھ محمدؐ نورِ یزدان

ژٕہ وُچھمے سُورۂ طاہا جبینس
محمدؐ چھکھ محمدؐ درمدینس

ژٕہ وُچھمے رُخِ نازس نورتابان
محمدؐ چھکھ محمدؐ شاہِ خوبانؐ

ڑہ وچھمیٔ گت کران شمس د قمر
محمدؐ چھکھ محمدؐ سید البشرؐ

ڑہ وچھمیٔ عرش اعظم حورہ وہنہ وان
محمدؐ چھکھ محمدؐ جانِ جانان

ڑہ وچھمیٔ اُدن منیٔ چھے خطا با
محمدؐ چھکھ محمدؐ لاجوابا

ڑہ وچھمیٔ قدِ نازنین تھد تہٕ بالا
محمدؐ چھکھ محمدؐ شانِ مولا

ڑہ وچھمیٔ چھکھ پناہ بے پناہن
محمدؐ چھکھ محمدؐ شاہ شاہن

ڑہ وچھمیٔ ردِ پیٹھ نازل قرآن پاک
محمدؐ چھکھ محمدؐ شاہِ لولاک

ڑہ وچھمیٔ چھے صفت طٰہٰ و یٰسین
محمدؐ چھکھ محمدؐ شفیع المذنبینؐ

ڑہ وچھمیٔ نعت پران پانہٕ مولا محمدؐ چھکھ محمدؐ شاہِ انبیاءؐ

ڑہ وچھمیٔ چھکھ ژہ رحمت عالمین

فدا اُلفت رحمن مٕہہ جبینس

# خونِ جگر میوٗن

لگنے تِرہ پاین مأنزہ بدل خونِ جگر میوٗن
بے کینہ سینس شوبہ فدا جان وجگر میوٗ ن
تتھ ارضِ پاکس وُنی بہ دِمہ ہا ہیرہ ہا ہرسُو
یتی حجرہ خاصس منز چھُ بہتھ موئے عنبر میوٗن
یٰسین یم سند اسم اعظم آیت قرآن
واللیل یس وُنی پانہ مولا شبیر وشکر میوٗن
ییوٚکھ عرشس کُن فرشہ بیٹھ نعلین ہنٛدِ تشریف
مہر ازل مزمل ماہ و قمر میوٗ ن
یس سرو قدس حورہ غلماں ازی خدمتگار
تس گاش وندی ها پانہ نازن شوبہ نذر میوٗن
والیل موٗیس شانہ یمن پانہ دانتن کوٚر
لعابِ دہن اوس ہران آبِ کوثر میوٗن
چھے آش خضرس گاش وتھر تتھ تھاوہ بازارن
بازار منہس کوہ مروس یلہ واتہ گُذر میوٗن

یا شفیعَ المذنبین اِرحم لنا | یا رسولُ اللہ اشفع معصیات

# یا رحمۃ اللعالمین صلی اللہ علیہ وآلہ وسلم

ژھک ژی شفیع المذنبین
یا رحمۃ اللعالمین

محبوب ربّ العالمین
یا رحمۃ اللعالمین

اے سرور عالی جناب
وے حاملِ اُمّ الکتاب

طٰہٰ لقب، یٰسین خطاب
یا رحمۃ اللعالمین

لولاک شوبان تاج چھوی
اکھ معجزہ معراج چھوی

بیٹھ کائناتس راج چھوی
یا رحمۃ اللعالمین

دوٚن عالمن ہنز آش چھوکھ
میانین اچھن ہوند گاش چھوکھ

سردار د خواجہ گاش چھوکھ
یا رحمۃ اللعالمین

چھوی والضحیٰ روے حسین
واللیل موے عنبرین

نٓ والقلم خوئی مبین
یا رحمۃ اللعالمین

روے منوّر ماہ وتم
اکھ نظر رحمت ترا وتم

دوٚد مت جگر شہلا وتم
یا رحمۃ اللعالمین

آغوش مہربان روز رتم
قری باد و افغان بوز رتم

دردس میہ درمان سوز رتم
یا رحمۃ اللعالمین

ژی جان عالم نازنین
ژی مونس قلبِ حزین

کہف الوریٰ نورٔ مبین
یا رحمۃ اللعالمین

دادلو غمو کوٚر ہس یوگیر
توہیہ رٲوس میہ کُس چھم دستگیر

چھوک مالکِ خیر کثیر
یا رحمۃ اللعالمین

ہر جا چھ در عرب و عجم
تو لیتو حض تھو دستِ کرم
کرٔی تو دُعا پیش خُدا
کرہ دور ہر رنج و بلا
واللہ تُہی چھس اکھ روسیاہ
جُز عشقِ محبوبِ خُدا
یدُوی یو ناقص چھس شہاؐ
سرتاج جُملہ اولیا
یُس چھوُن منظورِ نظر
للہ تہنٛدُوی پاس کر

اُمّت گرفتار الم
یا رحمۃ اللعالمینؐ
نبیس مالکِ ارض و سما
یا رحمۃ اللعالمینؐ
یا اللہ میٛ چھُنہٕ کینہہ زاد راہ
یا رحمۃ اللعالمینؐ
تہم پیٖرِ کامل رضؓ رہنُما
یا رحمۃ اللعالمینؐ
بیہ نائبِ والا گُہر
یا رحمۃ اللعالمینؐ

اے عاصمٓ خستہ جگر
لَا تَقْنَطُوا رٔٹھ در نظر
تھوٚ بر زبان شام و سحر
یا رحمۃ اللعالمین صلی اللہ علیہ وآلہٖ وسلم

(سیّد محمّد اشرف عاصمٓ اندرابی)

چھہ خوش طالع پکان سوئے محمّدؐ
شہنشاہی چھہ در کوئے محمّدؐ
لیکھان یس نعت از روئے محمّدؐ
چھہ تمنٛہ قلمس یوان بوئے محمّدؐ

(سالکؔ محمد شمشاد)

# یا رحمۃ للعالمین

از
غلام رسول کاوسہ
نوہٹہ

تقدرہ شانہ چھوک مولا صفات محبوب اندر کائنات
گو عرش تاباں ہم زمین یا رحمۃ للعالمین

کعبس سجُد حاصل وقار باغ خلیلس نوبہار
لات وحبل پیہ بر زمین یا رحمۃ للعالمین

محبوبِ حق زیبا ژہ چھوک سر وقد طوبیٰ اژہ چھوک
زلف معطر عنبرین یا رحمۃ للعالمین

پیو کفر اندر پیچ وتاب از نورِ ذاتِ آنجناب
پیو قصر کسریٰ بر زمین یا رحمۃ للعالمین

شانس ژے شوبان سروری نازاں ژے پیٹھ پیغمبری
بعد از خدا اچھوہ برترین یا رحمۃ للعالمین

دیدار حقہ کوی پور ژی سرو ریاض نور ژی
نور نبوت بر زمین یا رحمۃ للعالمین

ژی حامل ام الکتاب آیات حقہ کوی ژی خطاب
قرآن ناطق بر زمین یا رحمۃ للعالمین

اوّل توئی آخر توئی ظاہر توئی باطن توئی
مقصود کل اعلیٰ ترین یا رحمتہً للعالمین

پادن فدا کرہ ھے بہ جان اے سایۂ امن و امان
چھوی شان و شوکت بہترین یا رحمتہً للعالمین

موندن غریبن چھوک رچھان چھوک بے کسن پیٹھ مہربان
ژی نائب حق بر زمین یا رحمتہً للعالمین

بار گناہ بر دوش چھُوم شرمندہ ڈولمت ہوش چھُوم
آسے ژی کُن از دِل حزین یا رحمتہً للعالمین

ما ذاغ چشمن وا کرو، بر عاصیان نظراہ کرِو
بنہ رستگاری با یقین یا رحمتہً للعالمین

## نعت رسولِ رحمت ﷺ

تھدتل چو گل بہر خدا رویس نقاب اے نازنین
سر ہیتھ چھ برنل اسی گدا کر فتح باب اے نازنین

مس پیالہ تہندے لولہ بری سینس فراقکی سیر تری
امی لولہ نارن چاۓ کرۓ جگرس کباب اے نازنین

تب فرتتنگ یژ کریو ٹھ ہیو شب و روز ہرک نہ بو ٹھ گو
ہیتھ در بغل چھوس بوزِ نو دردچ کتاب اے نازنین

سِلک جواہر در دہن دُر ہائے دندان چھی گہن
دُر حقۂ یاقوت زن دُرِ خوشاب اے نازنین!

خم زلفن شانہ کر اکھ جلوہ مجبوبانہ کر
دیوانہ نی زدلانہ کر مشکین تناب اے نازنین!

دأتتھ معلّٰی در عرب ہم در حسب ہم در نسب
ذاتن دیتوے یٰسین لقب طٰہٰ خطاب اے نازنین

تلی تو زرخ بردین بلبل صفت عاشق سمن
از بہر گل گشتِ چمن کری تو شتاب اے نازنین

## شاہ کون و مکان محمدؐ آو

از جیلانی کشمیری

| | |
|---|---|
| شاہ کون و مکان محمدؐ آو | ماہِ آخر زمان محمدؐ آو |
| اوّلین نور کوی ظہورا آو | خاتم المرسلان محمدؐ آو |
| اے گدائے محمدؐ عربی | دلبرِ دلبران محمدؐ آو |
| اللہ اللہ یہ بے مثال و نظیر | زینت لامکان محمدؐ آو |
| ازلی سیرن ہند شاہدِ | ابدی راز دان محمدؐ آو |

وصفِ حُسن وجمال مظہر ذات — آیہ آیہ قرآن محمدؐ آؤ

جسمِ کونینہ کوی سو روح لطیف — جان جانِ جہان محمدؐ آؤ

مَن رآنی فقد رای الحق یوز — حق بصورت عیان محمدؐ آؤ

عرش وکُرسی بزیر پا کُرتے — نامور حکمران محمدؐ آؤ

شق کران زو نہ گو اشارہ سیت — پا نہ معجز بیان محمدؐ آؤ

لات وعزّا سرنگوں کُرتے — رہبرِ گمراہان محمدؐ آؤ

جای کُرئے بدیدۂ عالم — مائے دلہنی ولان محمدؐ آؤ

کاش دیدن تہ آتش دلنی ہنز — نورِ ایمان وجان محمدؐ آؤ

عاشقن بیہ جان مشتاقن — خانہ روشن کران محمدؐ آؤ

بلبلو دپ بہ جنّت الماوای — گُلِ عنبر فشان محمدؐ آؤ

ہتھ چھو خلق عظیم چی لشکر — خاتمِ ہر زمان محمدؐ آؤ

پردہ پوش اُمم تہ بخشنہار — شافع عاصیان محمدؐ آؤ

اے نسیم صبا کمر بستہ
لڑھ وتن گرڑھ ڈوان محمدؐ آؤ

ہوشہ والن ژہ ونتہ جیلانی
توشۂ مفلسان محمدؐ آؤ

# ھدیہ تہنیت بہ تشریف آوری

## عید میلاد النبی صلی اللہ علیہ وآلہ وسلم

شکر للہ نو بہار آؤ
عاشقن وصلو کوی قرار آؤ

عید میلادِ سرورِ عالم
عالمن مژدۂ بہارا آؤ

کائناتس سیدِ نوی پیر اؤ
کس سنا شاہ باوقارا آؤ

بر فلک جھی ونان ملک باہم
لامکانک شو شہہ سوارا آؤ

عرش کرسی تہ آسِ چشم براہ
حاصلِ صبر وانتظارا آؤ

مصدرِ جود و مخزنِ عرفان
مظہرِ نور کردگارا آؤ

بزمِ کونین کوئی شو بدرِ منیر
شمسِ تابانِ عالم آرا آؤ

منکرانِ کیوت . نذیرِ ربانی
مومنن کیوت شو بوڈ حصارا آؤ

گلشنِ زندگی سیدِ شاداب
سگ دِوان پا بہ گل عذارا آؤ

گڈ ژرج عالمس سیِن نوراں
منبعِ نور اکھ منارا آؤ

ظلمتن چاک کرِ یمن جامہ
والضحیٰ روئے نور بارا آؤ

کو معطر فضاء ارض وسما
صاحبِ زلفِ مشکبارا آؤ

اہلِ ایمانہ تے مبارک باد
ہیتھ سو برکات بے شمارا آؤ

لبی غلاموتہ دولتِ شاہی
یام آقائے نامدار آؤ

بے کسن ہیتوند وسیلۂ دارین
غمزدل ہیتوند سو غمگسارا آؤ

عاصمِ غستہ دلِ ژرہ غم مشتر آؤ
فضل وکرمک خزانہ دارا آؤ

# عید میلاد حضرتن ہند آو

خیر دارین لبکھ پڑھ زہ وَنِ تھاُ عید میلاد حضرتن ہُند آو
اللہ اللہ چھ ہیرہ بون شأدی از غم و رنج وقتِ آزأدی
شوُبہ ون رنیتھ ربیع الاول آوُ
عید میلاد حضرتن ہُند آوُ

یانہ ید طوقِ غم ژوُے گےُ نألی اتھ بدل گارہ حضرتِ باری
حال اندریم اُمِس نبیس ؑ یاوُ
عیدِ میلاد حضرتن ہُند آوُ

دِل شکستن تہ بیکسن ہُند یار صاحب عرش احمد مختار ؐ
ننده یأنس کرکھ محمدؐ ناوُ
عیدِ میلاد حضرتن ہُند آوُ

سید المرسلین نبی اللہؐ شافع المذنبین ؐ سہ چھوی باللہ
اُمتس کیت سہ رحمتک دریاوُ
عید میلاد حضرتن ہُند آوُ

تازگی از بہ گلشنِ دل چھم شوقہ سأتی ذوقہ سأتی مژہ رٹم غم
خوشس خبر ہیتھ مہ آوُ صُبحک واوُ عید میلاد حضرتن ہند آوُ

یا رسولؐ بس ژه چھکھ میون شافی مہ بانین گستاخین دیُو معافی

بہر للّٰہ یہ سینہ میون شہلاوُ

عید میلادؐ حضرتنؐ ہند آوُ

سوئے خاموشی یک لگاہے کُن التفاتے بہ روئے سیاہے کُن

بُٹھ لگیم چانہ سائتی یہ ییرہ وُنی ناوُ

عید میلاد حضرتنؐ ہند آوُ

## بوہریرہ اوس ہر ساعتہ ایوان

بوہریرہ اوس ہر ساعتے ایوان
داریہ پُر انوارِ دیدارہ نِوان

تس نبیؐ پر حقن کرُنے نگاہ
آس ایوان بوہریرہؓ گاہ گاہ

دُرگ چھو دیدار محمدؐ ماسرگی
ڈیشہ ہن ژیری نوی میوٹھوی لگی

بوزیا منت بوہریرنؓ نام زود
گوتہ ساتھاہ تتھ تھمس تل ژلہ یہ رُود

نور دِلن رُدیس ازان حلم و حیا
امتحانس آسر شاہِ انبیاءؑ

تل تھمس روز تھ سٹھاہ ناشاد اوس
زیو ڈیٹھ از دِل کران فریاد اوس

دُور ہتو نم سُور کر نم پا لسی
سَنہ گوے دنہ کیاہ بے گا لسی

والضحیٰ روین کروم تسخیر دِل
گوم از واللّیل موز نجیر دِل

رو برو گرہا ایوان چھم مِہ حجاب
دُورِہ روزتھ چھمنہ روزان صبر وتاب

کیاہ کھتوم رہ یوت کیاہ مغرور گوس
بوبھیس غمخوار سی نِش دور پیوس

عاقبت تس غلبہ کرتے لولہ نی
لولہ نی تس یارہ سندی ہولہ نی

رو برو بے پردہ گوسوی دردناک
دلپوسہ نبین یوت جلدی کیازہ آکھ

آہ تراوان تے کرن عرض وسلام
یارسُول اللہ مِہ تہند وی لول آم

جان وتن تہنزن وتن کرمے فدا
کتھ تالہ تہہِ نشے روزن جُدا

حضرتو شاباش کرہس آفرین
پیوس مرہم بردِل وجان حزین

یا الٰہی کر عطا با صد صفا
ذوق تے شوق محمد مصطفیٰ

یارب دلِ من بہ نورِ معرفت دانا کُن
چشم بہ جمال مصطفیٰ بینا کُن
روزیکہ چو لالہ سر برآرم از خاک
در روضۂ مقدس مرا ما وا کُن

# اللہ اللہ

از
عبدالجبار خاموش
کریری

اے شاہِ خوبان کیا چھکھ زہ شوبان — دِل چھم مرِ لوبان اللہ اللہ
والشمس روئیس واللیل موئیس — انتھ نیک خوئیس اللہ اللہ
چھکھ سون سرور پادن وندے سر — رحمتیح نظر کر اللہ اللہ
غار از مدینہ آرام میے پی نا — اے نازنینا اللہ اللہ
ازی تنے آرزوم میے دیدار — چھم چشمہ خونبار اللہ اللہ
اے ماہ جبینا شاہِ مدینہ — دوُد میون سینہ اللہ اللہ
للہ دِتم ناد بوزم میے فریاد — کرتم میے دلشاد اللہ اللہ
اے خاصِ باری کرتم میے یاری — ترآوم میے ساری اللہ اللہ
چھم منہِ کامن روٹ چون دامن — نتہ لگہ پامن اللہ اللہ
کر ڈیشتھ اے کاس وندہ ہیتن گاش — چھم چاڑی زِندہ آش اللہ اللہ

اے شاہِ عالم نظرے بہ حالم
تا کے بہ نالم اللہ اللہ
عاصی یہ خاموش عرضی نتوم گوش
پھولہ نم دِلکی پوش اللہ اللہ

## بفضلِ حق بہ یُمنِ شاہِ بطحیٰ صلے اللہ علیہ وآلہٖ وسلم

### بہار ییہ عالمس اِنشاءَ اللہ

بہارا، نوٗ بہارا، مُشکیارا
بہارا دینِ اِسلامکُ بہارا

نظامِ عدل و انصافک بہارا
بہار ییہ عالمس انشاء اللہ

پھولن پژمردہ گیمت گُل گلستان
گرزن از نغمہٕ توحید بُستان

گژھن سر سبز ساری دشت وصحرا
بہار ییہ عالمس انشاء اللہ

پھرن کفر و شرکِ قصرو ایوان
حیاتِ نوٗ لبن مجبور اِنسان

گژھن شادان و فرحاں پیر برنا
بہار ییہ عالمس اِنشاء اللہ

مدینک خوش بوٗن بادِ بہاری
تمامی عالمس کرِہ مشکباری

رسوٗلِ پاکہ سُند گژھہ بول بالاَ
بہار ییہ عالمس اِنشاء اللہ

(کلام سید محمد اشرف اندرابی صاحب)

---

تاجدارِ انبیاء، حکمران کائنات
روئے انور پر ضیاء، پرتوِ حق صفات

خُلق چون خُلقِ عظیم محسنِ شش جہات
تہندِ ساعتی عالم منزوا پے پتھر لات منات

(کلام جان محمدؐ زرگر)

# اللہ اللہ

از
اسد اللہ اسد

دِلس چھُم سپُدماہ اضطراب اللہ اللہ
دُچھِن کرُسہ عالٰی جناب اللہ اللہ

سہٕ ختمِ رُسل تے سہٕ محبوبِ یزدان
چھُ نورِ ازل ، آفتاب اللہ اللہ

عَرب تےَ عجمَ گو معطّر معطّر!!
سہٕ شہرِ مدینُک گوہ لاب اللہ اللہ

بیک از اشارَس سپُن صاف ظاہر
"شق القمر" ماہتاب اللہ اللہ

سہٕ "شافعِ حَشر" تےَ "شفیع الاُمم"
چھُ حقہٕ سُندٕ حسین انتخاب اللہ اللہ

برُاقس کھسِتھ گےٚ کرَان تتھ نظر رَستہٕ
عرش آو زیرِ رکاب اَللہ اللہ

سہٕ نورُک مجُسم تہٕ رَحمتُک سہٕ آگرُ
کرَان سارنےٚ باریاب اللہ اللہ

## نعت پرٕہا رات دوہ
از عبدالغنی مسکین

چھُس دِیان اُبتہٕ لول بَرٕ ہا نعت پرٕہا رات دوہہ
زُو وَتَن قربان کرٕ ہا نعت پرٕہا رات دوہہ

رحمتکی در وازٕ بوٗ نٔزم تتہٕ چھ آسان وُتھی دوٗہے
چھُس دِیان اُبتہٕ نوٗری گرٕتھ ہا نعت پرٕہا راتھ دوٗہہ

لالہٕ وَندٕ ہے لال ذاتن سالہٕ نیوٗنکھ لا مکان!!
دِل جگر پادن بہٕ جَرٕ ہا نعت پرٕہا راتھ دوٗہہ

ذاتہٕ پاکَن پانہٕ کٔرٕ نے نعت خٲنی یارسوٗلؐ
مَرٕنہٕ بٔرٕ دوٗہہ چون ناو سٔرٕ ہا نعت پرٕہا راتھ دوٗہہ

نعت خانَن منٛز ہتو مسکینہٕ لیکھمک ناو کیا
عاجزی آغس بہٕ کرٕ ہا نعت پرٕہا راتھ دوٗہہ

## یارسوٗل اللہ صلی اللہ علیہ وسلم

از
مرحوم غلام رسول کاوٗسہ نوہٹہ سرینگر

نبی مختار چھوہ غم خوار اُمت یارسوٗل اللہؐ
زٕہ آکھ ییتھ کاینا تس بحرِ رحمت یارسوٗل اللہؐ

منارہٕ نور حقکوی روئے النور درجہاں چونوی
زٕہ ہووُت شش جہاتس راہِ وحدت یارسوٗل اللہؐ

ژے کوژتھن دین حق قائم بدنیا ازیدبیفا
ژہ سوژک قدرتن رحمت تہ برکت یا رسول اللہ ؐ
کلام چونوی کلام اللہ بیان چونوی نطق اللہ
دیتوت پیغام حق نور ھدایت یا رسول اللہ ؐ
ژہ مقصود خدا یالکل شبِ معراج معبودن
بناوکھ دارِ کل بہ شفقت یا رسول اللہ ؐ
ژہ بخشونتھ رُوح نو حیاتس کائناتس منز
حیاتی تازہ بخشت از رسالت یا رسول اللہ ؐ
نجاتے دو جہاں ذاتِ مقدس درجہاں چونُوی
رسولؐ آخری باشان وشوکت یا رسول اللہ ؐ
ژے عرس احوال یاوان اونٹ کوہ بیہ جاناوار
یوان آسی ژے تشہ لاران بخدمت یا رسول اللہ ؐ
سلام علیک کران کوہ کنہ ژی آسی یا رسول اللہ ؐ
روایت اتھ کران شاہِ ولایت یا رسول اللہ ؐ
زِ انگشت مبارک آبہ دریا ژی کرتھ جاری
سَئِد سیراب اصحاب چانہِ برکتہ یا رسول اللہ ؐ
نہ کانژاہ اوس ژے ہیوہ مشفقاہ ییتھ کائناتس منز
نہ بیا کھاہ آسہِ ژے ہیوہ کانہہ بہ عظمت یا رسول اللہ ؐ

کرُوم یاری مہ پانے وانہ ناوُم تتھ مدینس منز
اُچھن دَ دن ہاوَ تم دربار رحمت یارسوُل اللہؐ

قبولیت کرم چھوُم التجا اَے مشفقِ عالم!
رٹوُم دز زیر دامانِ مروت یارسوُل اللہؐ

حفاظت رائچھ کرُزیم زندگانی زٹھ عطا کرزیم
رواں تھاوزیم ژہ پننہ نوی فیض و برکت یارسوُل اللہؐ

حقیر اہ گرد راہ کاوُسّس چھُس عاصی چو نوی!
مہ طاعت بیہ عبادت چھُم محبت یارسوُل اللہؐ

# حبیبِ خُدا

کلام فاضل کاشمیری

حبیبِ خدا لاجواب اَللہ اَللہ!
سہ زیبِ جہاں آفتاب اَللہ اَللہ!

سہ تعبیر جنت، سہ تفسیر قرآن
تمِس کُن وُچھن بوُڈ ثواب اَللہ اَللہ!

سہ ڈیشتھ منوّر گرِھان لیلۂ شب
چھُ تس پتھ فدا ماہتاب اَللہ اَللہ!

چمن باغ و بُستان تمِس سیٹھ چھُ نازاں
سہ زن نازِ سوُنتک گلاب اَللہ اَللہ!

اُچھن گاش چھُے فاضِلا روبرو وُچھ
چھُ زن پانہ حق بے نقاب اَللہ اَللہ!

# یاد چھُم سرکارِ مدینہ

کلامِ : جان محمد زرگر

دَر دِلِ چھُم حسرت دیدارِ مدینہ ہر دَم یوان یاد چھُم سرکارِ مدینہ
از ہر طرف تجلیٔ نورٌ علیٰ نور کوتاہ حسین عالم انوارِ مدینہ
پروانہ کران گنتھ بہ دربار محمدؐ رخشندہ کوتاہ شمعِ ضیاء بارِ مدینہ
دربارِ رسول کیاہ چھُ شوبان درودہ پران روز
ادب گاہ عشاق چھُے مینار مدینہ
اے بادِ صبا کرتہ سفر سوئے مدینہ وُچھ کوتاہ معطّر بازار مدینہ
اے بلبلِ گلشن تہ کر پوشہ پھنین ڈھیر
وُچھ عظمت دربار گہر بار مدینہ
نعت و درود ہرو زِ روز و شب سوز
اللہ اللہ طالع بیدار مدینہ
پیکر اخلاق رحمتِ دو عالم صلِ علیٰ صلِ علیٰ مختار مدینہ
اَنہ ازل چھُس بہ شیدائے محمدؐ از ابتدا تا انتہا سرشار مدینہ
اے بادِ صبا شوقہ سان اژھ تہ گلستان
وُچھ کائنی گگُس ہا چھ از اِنہار مدینہ

## فخرِ کون و مکان رسول اللہؐ

(سعد الدین سعدیؔ)

دلبرِ دلبران رسول اللہؐ
فخرِ کون و مکان رسول اللہؐ

زندگی ہند بہار امار دِلک
گُلشنک گُلستان رسول اللہؐ

بےکسن عاجزن تہ لاچارن
دستگیری کران رسول اللہؐ

ربِّ اغفر لِ اُمّتی اُمّتی
سجدہ کرٕی کرٕی منگان رسول اللہؐ

پاک سیرت شہ طاق نبین منز
عالمک سائیان رسول اللہؐ

دود دُکھ بےکسی تہ مجبوری
کانسہ منز نا زران رسول اللہؐ

بانیٔ راہ حق دینِ مبین!
معنیٔ القرآن رسول اللہؐ

سعدِ یابس چھُ کیاہ تمِس پروا
آسہ یس مہربان رسول اللہؐ

آن ختم رسل امیر ایوان وجود
دارای سرِ چتر سلطان وجود
از باب کتاب آفرینش پیداست
آن نام محمد است عنوان وجود

# نعتیہ رباعی

فرش چھ عظمتس نثار
رشک کران چھ کائنات
عرش یمن چھ میزبان
منزل یمن چھ منتہیٰ

* فیاضی تلہ گامی *

## معراج مصطفیٰ ﷺ

تنہا انصاری

یہ معراجہ کے اہتمام اللہ اللہ!
کران پانہ ربّ انتظام اللہ اللہ

مقیم آسی درخانۂ اُمِّ ہانی!
محمدؐ فلک احتشام اللہ اللہ

حضورن تو تے وُت جبریل وُن نکھ
خداین دِپُو توہیہ سلام اللہ اللہ

پیام خدا واتنا وتھ بہ خدمت!!
کرُن عرض با احترام اللہ اللہ

وتھو حضّ چھ توہیہ منتظر خالقِ کُل
بُراق ہیتھ بُو آسو غلام اللہ اللہ

بہ بوزِتھ رسُولؐ خُدا جادہ پیما
سپدِ سُوی بیت الحرام اللہ اللہ
یُتھے دراے اَتہِ وُاتی مسجد اقصیٰ
براقس دو پکھ کر قیام اللہ اللہ
ملک صف بہ صف آسِی کران پیشوائی
بصد شوق صد احترام اللہ اللہ
زِ اقصیٰ نمازہ پُرِتھ دراے یامتھ
کُورکھ لامکان کُن خرام اللہ اللہ
بر اِفلاک آسِکھ مُبارک سلامت
کران انبیاے کرام اللہ اللہ
یِتھے سدرۃ المنتہیٰ وُاتی حضرتؐ
اُتی شہپرن کوٚر مقام اللہ اللہ
بُراقس تہ موکلیو اُتی حد پرواز
کرُن پیو اُتی تس مقام اللہ اللہ
کھسِتھ رفرفس ہیو رکُن دراے تنہا
سَرِ عرش خیر الانام اللہ اللہ
محمدؐ سپد زینتِ قاب قوسین عروجِ بشر گو تمام اللہ اللہ
بہ قوسین طالب تہ مطلوب تنہا سپد پانہ وُاتی ہم کلام اللہ اللہ

# نعت شریف

(از سائل)

با امیدن روئے ہاؤو یا رسولِ عربیؐ
غمز دن غمخوار لاگو یا رسولِ عربیؐ

یا اینو تشریف پانے نیرہ از دلِ ہیہ حباب
تہ مدینس میہ وتنا آؤو یا رسولِ عربیؐ

تہ پھیر ہا روضۂ پاکس اندانڈی کمرہس طواف
یہ حضی میہ ارمان نہ آؤو یا رسولِ عربیؐ

لمالیقین نعلین لاگو بر قدو مین شریف
آں قیا بر دوش نہ آؤو یا رسولِ عربیؐ

خلعتِ لولاک لاگو بر بدن اے نازنین
ہم بسر عمامہ نہ آؤو یا رسولِ عربیؐ

چشمہ وبلیے پاؤنی در چشم من نہ آؤو قدم
ڈالی میاں منظور نہ آؤو یا رسولِ عربیؐ

مر وبلیے مازاغ چشمن اک نظر کر یا رسولؐ
چشمِ رحمت مڑ رآؤو یا رسولِ عربیؐ

تلہ بلہم دو دستینس زلہم جگرس میہ داغ
یلہ حضی نازنین روی ہاؤو یا رسولِ عربیؐ

تشنہ لب چھوس عشق میہ آمت از فراقِ ہجر تو
جام عرفان پیالہ چاؤو یا رسولِ عربیؐ

اکھ عنایت بیہ شفاعت سائلس کر تو عطا
رحمتک بر مڑ رآؤو یا رسولِ عربیؐ

## رباعی

قرآنک شرح چاؤنی زندگانی
تمیک تفسیر عدیثہ حکمرانی
تہی چھو حاصل فرقان باری
عمل تہنزے قرآنک ترجمانی

(غلام نبی گوہر)

اگر طبیب تو باشی خوشی است بیماری
وگر رقیب تو باشی خوشا گرفتاری
تو اگر علاج جگر خستہ گاں کنی
مسیح نیز کند آرزوئے بیماری

المتوفی ۱۹۴۷ء

## نعت شریف از مسکین

صُبح روئے مُحمّد عربیؐ
شام موئے مُحمّد عربیؐ

صُبحکہ واوہ تُل قدم لِلّٰہ!
گرھتہ سوئے مُحمّد عربیؐ

ونتہ تس شاہ مُرسلینس سُوںَ حال
دچھتہ خوئے مُحمّد عربیؐ

واتناوٗ ای نسیم خوش بدماغ
عطر بوئے مُحمّد عربیؐ

خوش تراز گل تہ یاسمن ریحان
رنگ و بوئے مُحمّد عربیؐ

گاش چشمن ایم بہ کاش ملہ ہا
خاک کوئے مُحمّد عربیؐ

سوئ گنہگارنئ شفیع فردا
کیاہ چھو خوئے مُحمّد عربیؐ

غبط بِن انبیاؑ دچھتھ انوار
نُور روئے مُحمّد عربیؐ

در تعجّب گرھن دچھتھ مُرسل
آب روئے مُحمّد عربیؐ

محشرس آسہ ہر طرف زشرف
جستجوئے مُحمّد عربیؐ

مُرسلِ ین محشر س بہ زیر لوا | سایہ جوئے محمدؐ عربیؐ
ژوُریار رضا جنتک چھ عین رحمت | چار جوئے محمدؐ عربیؐ
روز بلبل بباغِ شوق اے دِل | مدح گوئے محمدؐ عربیؐ
دادِ نی میانئی دواتتہ اَن | زِ آب جوئے محمدؐ عربیؐ

بس چھُ مسکینہ دادسی ژِہ دوا
دید روئے محمدؐ عربیؐ

---

قبلہ روئے محمدؐ عربیؐ | کعبہ کوئے محمدؐ عربیؐ
اللہ اللہ مزمل وطٰہٰ | وصف غوئے محمدؐ عربیؐ
جایہ جایہ چھ در کلام اللہ | مدحِ روئے محمدؐ عربیؐ
در تمنا سیٹھاہ چھ مشتاقن | جستجوئے محمدؐ عربیؐ
چشمہ پادن ژہ کرفدا اے دِل | جاں بلوئے محمدؐ عربیؐ
مژدِتھ سینہ گرژھ ونان احوال | رو بروئے محمدؐ عربیؐ

وننہ کوتاہ دِلس چھ جیلانی
آرزوئے محمدؐ عربیؐ

---

نعت خوان پانہ تس دچھوم یزدان ہے سے خریدار احمد عربیؐ

# شمس رخسار احمد عربیؐ

کلامِ شاہ امین

شمس رخسار احمد عربیؐ — نور انوارِ احمد عربیؐ

اے نسیم صباح قدم تل جل! — گرژھ بہ دربارِ احمد عربیؐ

حال میانی ژہ ونتہ نازنینس — بوز گفتارِ احمد عربیؐ

بلبلن از دِلن تمنا دراؤ — اژھ بگلزارِ احمد عربیؐ

گاش چشمن اِبیم بہ کاشہ ملہ ہا — خاک بازارِ احمد عربیؐ

حورہ ونہ دان نورہ مہراز س — کرنہ دیدارِ احمد عربیؐ

خاتم المرسلین لقب تس آد — کیاہ چھُ سردار احمد عربیؐ

با اُمید شاہ امین وُچھان بردر

بس چھُ داغدارِ احمد عربیؐ

# میلاد النبیؐ

از مشتاق کشمیری

عرش و فرشس پیٹھ چھُ اعلان از چھُ میلاد النبیؐ — حق چھ رحمت باگراوان از چھُ میلاد النبیؐ

قارسک ژھیونار حرمکی بُت وسنہ پے بر زمین — شفقتن مُر رو دامان از چھُ میلاد النبیؐ

خوش نصیبو کوژ د دیہے تہندین اصولن سرشار

زو ژ ے کر مشتاقہ قربان از چھُ میلاد النبیؐ

# نعت رسول مقبولؐ

عاشقے چھوکھ ژہ بن فدائے نبیؐ
دم بدم پر ژہ نعت ہائے نبیؐ

قاب قوسین مقام او ادنے
منزل لامکان چھو جائے نبیؐ

روز محشر شفاعتک طاقت
آسہ کس مرسلس سوائے نبیؐ

ذرّہ ذرات آدم و عالم
پیدہ کر قدرتن برائے نبیؐ

ست زمین بیہ فلک عرش کرسی
گے مشرف بخاک پائے نبیؐ

سالہ یئی ناسو لالہ وندہ ہس کرون
نالہ دیوان بہ چھس گدائے نبیؐ

اہل ہوشن تہ صاحب رازن
چھوئے رضائے خدا رضائے نبیؐ

ذرّہ ذرات لوح و قلم دوہ تہ رات
گے مشرف بہ نور پاک نبیؐ

صلوات بر محمّد عربی ؐ
اُمتّس پیٹھ بنن رضائے نبی ؐ

سورۂ والضحیٰ چھو در قرآن
حق چھو ہاوان قسم بہ روئے نبی ؐ

حورۂ پراران بجنت الماویٰ!
انتظارس چھی تِم زشوقِ نبی ؐ

## نعت شریف از خاموش کریری

| | |
|---|---|
| عالمس شوب از جمالِ نبی ؐ | تازہ جنّت چھُ از وصالِ نبی ؐ |
| کاسہ مالک تمس پریشانی | آسِ ییس دمبدم خیالِ نبی ؐ |
| درحقیقت بنان سو شاہن شاہ | یُس گوڈے سپدِہ پائمالِ نبی ؐ |
| دُنیاہس ژ رج جہاپتھ تلخی! | بیلہ ٹن گو مدُر مقالِ نبی ؐ |
| غنچۂ دِل فولان چھُ تتھ شائے | آسہ ییتھ جایہ قیل وقالِ نبی ؐ |
| یکقلم ازِ اشارۂ انگشت | ژُونہِ گئے پارہ وچھ کمالِ نبی ؐ |
| قصر وایوانِ قیصر وِ کسریٰ | پے پیتھر باعث جلالِ نبی ؐ |
| شکر خاموشہ پر خُدا ییس کُن | دامنس تھپ ژِرہ چھے بآلِ نبی ؐ |

## نعت شریف از عبدالعزیز حقانی

دی مہلت لے اجل تا منت مہ یامنت یار ہاویم روئے
مرے کرنام یام نے احمد مختار ہا ویم روئے

بوڈن گل درگل حیرت پریشانی رڈن سُنبل
سومیا نوی سرو قامت یدسوئی گلزار ہاویم روئے

اچھین میانن ہندہ رشکہ گزھن اچھہ خیرہ خورشیدس
اگر در شام تاریکی سُو پر انوار ہا وم روئے

یمنا نزعکے وقتہ پرژھیم احوال بیمارس
کہ آیا کرسناہ آسی سوخوش دیدار ہاویم روئے

دُر گفتار حقانی کنن گو صبحکس واوس
یے شاید صُبحکہ وقتہ سبکُ رفتار ہاویم روئے

## نعت شریف

مکھ چھمنے ہاوان چھکلہ چھیس بوئے
لوگی لاجس بو پامن یور ایمنئے

رکھ روٹھم سوپئے ساتھا کہ بہ لئے
ژھنجہ درشن دئے یور ایمنئے

چھُنہٕ مہٕ کیھنہٕ نہٕ سامان تور لارس بوٗئے
چاک دمہٕ ہا بوجامن یور ایمنے

کرنم جگرس پارٕ پارٕ مِٹھسو میانی ٹئے
کرہ نامیانوی چارے یور ایمنے

فلواکرٕنس یارن چونس عشقن مئے
لوگنس گمھُین نہ غارن یور ایمنے

ڈُیھم یہ چھُو دیوانے اشسی لجو جوٗئے
ہا ہتہٕ زوہ میانہ طعنے یور ایمنے

ونتو میائنس مدنس کیاسنہ لَیہِ اَکرِائے
گھٔر ہم تھک مہٕ ددلس یور ایمنے

حال حالہ بوٗ ژھانڈن خالہ یوسفنہ خوئے
نارہ زائجن مہٕ تن یور ایمنے

کرنم جگرس پارے مِٹھسو میانی لئے
زولنس عشقنہٕ نارے یور ایمنے

یدرے وانہٕ سُوی دادن تھنزی چھم مہٕ دلسے
لال وَنہرس بو پادن یور ایمنے

یوزنا زارہٕ نہٕ پارے عارمیون اٹسِن نئے
کرہ نامیانوی چارے یور ایمنے

ژہرہ ژہانڈن بو گامن ودم کنہٕ سنہٕ شئے
گھرٕ ہنتہ رٹھس بو دامن یور ایمنے

وِنہس اے شہٕ عالی دیدار دِتو مئے
سکاہنہٕ گو نہ تو ہنہٕ لنش خالی یور ایمنے

---

# نعت شریف از جیلانی

بُو پار لگہ تس نادس والضحیٰ ییس ردِئے چھُو یئے
اشر سیت وتہ چھلہ نادس دن جلوہ ہر سوٗ چھُو یئے

زلفن شانہ کرہ ناوس رمہ رمہ خوشبو ایئے
عنبر تن بو ناوس واللیل ییس ہوئی چھوییے

جنتچہ حورہ سنبر اوس کیاہ سنہ اپنا ییئے
آیہ آیہ سورہ پرہ ناوس کوثر ییس خوی چھوییے

وتہ نی ہی دتھ اوس دیہ از سلیمان ایئے
مس پیالہ بر بر تھاوس فردوس ییس کوی چھوییے

بوسیہ مژرت ہاوس بے کینہ تنطرا دییے
دُکھ دائدی دِلکی ہاوس شیرین ییس خوئی چھوییے

دامن اُتھ کر نراوس صبحس تہ شامس موییے
تس صاحب المعراجس ییس موئی دلجوئی چھوییے

شبیچھ سوزس اُتھ واوس لچھ یزہ بیہ عرضیئے
لیکھ لیکھ بو گنڈراوس دِل در جستجو چھوییے

اپنا لول باگراوس بر بر چھم پیالہ مئے
جیلانیس چھم ہاوس ششدرہ مومو چھوییے

---

پادشاہا بہ چھس گدا چونوی ❖ بوز بہر خدا صدا میونوی

# نعتِ شریف از جیلانی

یس پیالہ بر بر مئے — سو لالہ کرتسنہ ایئے

چھوس تشنہ داماہ دیئے — سو لالہ کرتسنہ ایئے

کتہِ روزس انتظارس — تس دلبرس دلقرارس

یس ناؤ محمدؐ چھویئے — سو لالہ کرتسنہ ایئے

ونتو تس نازنینسؐ — سوز چھوم للہِ ؤن تسینس

شور کرنم میہ میئے ! — سو لالہ کرتسنہ ایئے

اکھ دِتُنم دردِ جگر — بیہ ہہت ثرلُم دِل مضطر

زرزام دردِ چھ ہیئے ! — سو لالہ کرتسنہ ایئے

کیاہ گژھنہ ونتس داود — بیہ میانہِ ہجر چھ گراوُ

تراوان اشہ چھے جویئے — سو لالہ کرتسنہ ایئے

قرشی شو شاہ عربؐ — مَدَنی شو امّی لقب !

وَالضُحٰے ایس روئے چھویئے — سو لالہ کرتسنہ ایئے،

یٰسین قبا لاگت — حامیم عبا نھا وت

اینا لو مسم لئے — سو لالہ کرتسنہ ایئے

دٔتہ نی گاش وتھر ادس | دل و جان حاضر تھاوس
بہہ نا اکسی موییے | سو لالہ کرشنہ ایئے
جوشن ہوشن نہ حالن | دپونم مس بر پیالن
مَنہ دِت شُو انہ ہن بییے | سو لالہ کرشنہ ایئے
چھوکہ لد سینہ بوہاؤس | دُکھ داد اندرم بہ باوس
بے کینہ نظر راہ دییے | شُو لالہ کرشنہ ایئے
دُچھ ہے حال امارس | طبیب پانہ بیمارس
زخمن مہ مرہم دییے | شُو لالہ کرشنہ ایئے
عاشق خون کو نہ ہارے | جگر چہ اَمہ بیمارے
طبیب انھ کیاہ دییے | شُو لالہ کرشنہ ایئے
پأری پأرہِ تہندس ناوس | ییمسند مہ چھوم لہ وس
ژہلہ ندّن کمہ کرشنہ لئے | شُو لالہ کرشنہ ایئے!
عربک سو لالہ مِیانوی | اِپنا از سالہ سونوی
مس پیالہ بر بر چییے | سو لالہ کرشنہ ایئے
معشوق حقّہ شند محبوب | ییمسنز چھی عالمن شوب
در خواب چھوکت شییے | سو لالہ کرشنہ لیئے

جیلانیہ روز در سوز چوں شمع جان شب افروز
جس کر فکر تہ لیئے
شو لالہ کرسنہ ایئے

## نعت شریف از عاشق ترالی

المتوفی:- ۱۳۲۸ھ

چھم گارہ یو لارہ ہا مدینس | کیاہ سنہ آسنا نصیبہ میانے
محبوبہ مِہ لوبہ چانہ گنج تن | معشوق چھو ہم قریبہ میانے
سامانہ مہ چھومنہ در قیامت | دامانہ رٔے منیبہ میانے
اُندرم نبرم دنے یو دٔادی | دِلہ زار یوزم مجیبہ میانے
ژے چھوک دوکھن چھوکن دوابس | ژے دٔادی ونے طبیبہ میانے
افدیک لقا لبی و قلبی! | نزدیک نتم قریبہ میانے
درشن ژہ دِتم یتم مہ خوآبی | درشن مِہ پیم حبیبہ میانے
یامت بو وچھے سو والضحٰے روے | بیمارٔ بلیم طبیبہ میانے
یاسین و مزمل و مدثر | درشانِ تو رغیبہ میانے
طاہا ژہ صفت کرے خداین | واللیل ہمو عجیبہ میانے
آدمؑ نہ حواؑ ہمہ پیمبر | پراران ژہ چھی خطیبہ میانے

معراج کروت تمو ڈو چشمو
قربان گئے حبیبہ میانے

کرمتی مہ خطا عطا ژہ کرتم
در روزِ جزا حبیبہ میانے

کرنم ژہ کتھاہ ستھاہ گڑہم مہ
ہاو تم ژہ وتھا لبیبہ میانے

یا یوڑ یتم دِ تم مہ دیدار
نتہ توڑ نتم قریبہ میانے

عاشق ژہ سپین وچھک بلا شک
جانا نہ ہا پانہ غریبہ میانے

## نعت شریف

حق تعالیٰ عشق را اظہار کرد
کہ بحسنِ احمدؐ مختار کرد

پانہ گو در ذات احمدؐ جلوہ گر
جلوہ وچھون کرنہ از خود بے خبر

حسنِ احمدِ مجتبیٰ یکتا سپین
یم سو حسنوی وچھ نہ شیدا سپین

آفتاب نہ ان حسن آمد ذرۂ
یوسف از دریائے حسنش قطرۂ

وچھت یوسف گیہ زلیخا بیقرار
اُنی سپنز سوی سوی کرانی گیہ فرار

کر خیال تُس ڈیشہ روئے مصطفیٰؐ
بَنہِ نا دیوانہ ونہ نا نعت ہا

از لُف
غلام الدین سا

# والضحیٰ روئے ازیوان وُچھمے

والضحیٰ روئے ازیوان وُچھ مے | جلوہ نوُن عاشقن دوان وُچھمے
عام تے خاص شمع رویس پتھ | مثل پروانہ گتھ کران وُچھمے
اُمتس عید ازشب میلاد | خوش تہ خرم تہ شادمان وُچھمے
پانہ حق بیہ جِن و اِنس ملک | تس حبیبس درود خوان وُچھمے
آمِنہ دوپ دم ولادت شاہ | نظرہ شا مکمکان یوان وُچھمے
مریم و آسیہ دم تولید | غسل تِمے دِمشک تس منتھان وُچھمے
از مدینہ حکیم حاذق آو | دائد لدنی دوا دِوان وُچھمے
آش ہیت دِل شکستہ بیہ غمگین | چون دربار ازیوان وُچھمے
لاگہ از بُھڈ سائی اِرہ وونی ناو | تارہ وُن تار از دوان وُچھمے
سائیلین عرضین کران دستخط | پانہ عفوک قلم تلان وُچھمے
شانہ بڈ پانہ بأ گران خیرات | ٹوکھ بڑی بڑی ہلم نوان وُچھمے
کورہ مالین تہ قرض داران ہند | پایہ بڈ سایہ از کران وُچھمے
دُد ونس از دوان چھو تازہ بہار | خشک تھرنی پھلے لگان وُچھمے
آغہ سنزہ ڈیڈِہ نل سمنتھ ساری | حال پننہ نوی بیان کران وُچھمے
دستگیری کران پنھر پیمہ تین | اوندنا دن سوتھ تلان وُچھمے
یتم سوالی نہ درگہہ عالی | کانہہ نہ خالی انقو گرتھان وُچھمے

پردہ پوشی کران سیاہ کارن | عیب وارن سو ملی ہیوان وچھمے
آغہ سنزہ ڈیڈہِ تل گدایَن ہند | نالہ فریاد کیاہ شوبان وچھمے
آئے یم اورہ بادل ناشاد | شاد دِل یورہ نِم گرٛھان وچھمے
مفلِسن عاجزن تباہ کارن | دامنس تل پناہ دِوان وچھمے
آئے حضرت بہ محفل میلاد | بوئے خوش ہر طرف بوان وچھمے

زیر در سالفؔ پریشان حال
داٗدی دِلکی شہس وَنان وچھمے

---

غلام محمد توحیدی

کائناتس نور پرزلان یا نبی اللہ سلام
تا ابد شمعِ فروزان یا نبی اللہ سلام

ذاتِ آدم اَزٕ عالی بندہ مولا صِفات
عالمکی شاہ چھٕ آنی دربان یا نبی اللہ سلام

ذاتِ پاکَن یام کھوٚت پانہٕ افلاکَن اندر
اَز ادب ادس عرش لرزان یا نبی اللہ سلام

تٕہندِ شوقے کائناتس سوٚزٕ تے بیہ ساز میوٚل
نورِ مولا چھکٕ ژٕتان یا نبی اللہ سلام

یا مُدثِر یا مُزمِل، خُلق تٕہندے گھنہٕ ادس
عِلم کُل توہہٕ نشِ چھُ نیران یا نبی اللہ سلام

# منت تھا وِو آہا وِو روئے

تجرے خاصس برمشرائے وِو
منت تھا وِو ہا وِو روئے

تن نازنینس زمزم جھائے وِو
منت تھا وِو ہا وِو روئے

والیل مویس شانہ کرنائے وِو
عاشقن ہا وِو روئے نوراں

پایئن تل مہیوان کلہ وتھرائے وِو
منت تھائے وِو ہا وِو روئے

عنبرین جامہ دربر تھائے وِو
تیمہ کے تاریف درقرآن

دستارِ نازُونی برسر تھائے وِو
منت تھائے وِو ہا وِو روئے

مازاغ چشمن سرمہ لاگہ نائے وِو
نادید نرگس آسہ ہند چھاپان

یکس اُمتس نظراہ ترائے وِو
منت تھائے وِو ہا وِو روئے

نوژک نعلین پایئن لائے گیو
قربان شو بہ تس مبونے جان

چشمے میلنے تنتھ جرہ نائے وِو
منت تھائے وِو ہا وِو روئے

تشریف مجلسس کُن فرمائے وِو
وَتہ وَتہ عاشق چھوہ پراران

اعمٰی گائے ہمتین گاش اَنہ نائے وِو
منت تھائے وِو ہا وِو روئے

وحدتہ کہ جامہ منزہ داماہ چائے وِو
عاصی یتھ آسہ ہے مے عرفان

اسرار وحدت آسہ یوزنائے وِو
منت تھائے وِو ہا دِو روئے

# یا نبیؐ یا نبیؐ مہ وردِ زبان

صد ہزاراں تحیت و تسنیم!
تس بنن یس لقب رؤف و رحیم

یا نبیؐ یا نبیؐ مہ وردِ زبان
ناوہیتھ چون دِل چھ غنچہ پھلان

ناوہیتھ چون آدمن بوزُ چاو
ناوہیتھ چون نوحسؑ پیٚو ناو

ناوہیتھ چون آتش گل زار
گوخلیلس نہ گل پھلس یکبار

ناوہیتھ چون تمی سلیمانن
کرن شاہی جن وانسانن!

ناوہیتھ چون دراو از زندان
حاکم مصر یوسفؑ کنعان

ناوہیتھ چون صابرس زول غم
از تو آمد وجود لوح و قلم

ناوہیتھ چون عیسٰیؑ مریمؑ
مردہ زندہ تمی کری از دم

ناوہیتھ چون عارفن تسکین
ناوہیتھ چون واصلن تمکین

ناوہیتھ چون کران عفو گناہ
برکرم ییتھ سو حضرتِ اللہ

ناوہیتھ چون دادی نے درمان
ناوہیتھ چون مشکلن آسان

ناوہیتھ چون بے کسن دِلشاد
ناوہیتھ چون خانہ مان آباد

سانی حاجات روا کرِ و سارے
شافعا کاس اسہ لاچارے

وقتِ آخر شہا کرم یارے
روزِ میم ییتھ کلمہ بر زبان جارے

دست پاکس اندر تو ہیتھ قلم
کاشتو امتس یہ ظلم و ستم

یا نبیؐ خانہ سانی کرِ و آباد
ساعتہ ساعتہ چھی اُس دِوان فریاد

بسم اللہ الرحمٰن الرحیم

# التجا بحضورِ سرورِ کونین شہنشاہِ امّت پناہ صلی اللہ علیہ وآلہٖ وسلم

سلام اے باعثِ تخلیقِ عالم
غلاماہ، موسفیدا، روسیاہ
ژہ نی دگر آسہ ہک مقصودِ باری
نہ آسہے کانْہہ مکانا کانْہہ زمانا
نہ فکرِ ایں جہاں و آں جہانی
ژہ کوژ نکھ پیدہ ییلہ اے ذاتِ اکرم
ژہ تھوو نے سروری ہُنْد تاج برسر
خدا ایس پتہ چھ چانی ذاتِ عالی
ژہ چھوک سرور بلاشک کاینا تک
ملک جنّ و بشر خدّام چانی
چھو چونی نور ہر سو پست و بالا
مہ لوسم چشمہ سُورم زندگانی
ژہ یکھنا آغہ ساتھا سالہ سونوی
بوکرہا خاکِ پایک سرمہ چشمن
بوکرہے لوکِٹی گتھ شمس روئس
بوکرہے عرض اے غم خوارِ امت

سلام اے مفخرِ اولادِ آدمؑ
برس تل آو سائل شیئاً للّٰہ
نہ گژھے حکمِ کُن فیکون جاری
نہ آسہ ہے کانْہہ زمینا آسمانا
نہ ذکرِ ادنیٰ نی لن ترانی
سجودن چانہ پانتھ بزمِ عالم
بنو نکھ اوّلین محبوبِ داور
بنو وکھ ذاتِ پاکن لا مثالی
زمینن تک، آسمانک، شش جہانک
چھ رحمت عالمین عام چانی
و نان چھوی گاشہ آگر حق تعالیٰ
دتن چانین مسلسل ؤنی دِوانی
بو وند ہے پائے نازن ژو ینو نوی
مہ بییہ ہم گاش پھولہم بولہ گلشن
بوکرہے جان فدا و البیل ہوس
سَتھاہ ابتر چھو حالِ زارِ امت

ژه چھوک محبوبِ علّامُ الغیوب
کراں چھوی دم بدم آگاه شاہا!
دِواں حض پامه دٔوٕنِ کفر و ضلالت
تُلیو حض ہتھو دینِ دستِ کرامت
کریوس عرضا که اے رحمان مولا
لو آسا دا اصفی بلهِ زن میانی اُمت
بر چھاه ممکن که ردّ کرِه حق تعالیٰ
نه حاشا، ثُمّ حاشا، ثُمّ حاشا
تہنز مرضی چھِم مطلوب الٰہی
کرِو وٕنِ اُمتس کُن اکھ نگاہ
یتھر پین ظلم و جورک قصر یک دم
چھو سورُوی نوعِ انسان انتظارس

عطا کرٕتھ ژه ہم پرنھ کانہہ تہ خوبی
زحالِ اُمتِ مرحوم مولا ! ! !
چھِه کاتاه خوار گیمژ خیرِ اُمّت
کرِ دحض بازو دِنِ بابِ شفاعت
ژه چھُتھ تا وعده کورمت سوفَ ترضیٰ
سراسر آسه در قعرِ مذلت
تہنز مرضی تہند درخواست آقا!
نه واللّٰه، ثُمّ واللّٰه، ثُمّ واللّٰه
کِتابُ اللّٰه دِوان اکھ بیٹھ گواہی
صبح پھولهِ رات گژھه کافور شاہا!
دوبارہ تازه گژھه بیه روحِ آدم
حبیبِ کبریا سندِس بہارس

بفضلِ حق، به یمنِ شاهِ بطحا صلی اللّٰه علیه وآله وسلم
بہار ییه عالمس اِن شاءَ اللّٰه

کلامِ علامه الحاج سید محمد اشرف اندرابی
عاصمؔ

---

تاجدارِ اهلِ اتی صاحبِ جود و سخا
قُم فَاَنذِر قد بالا یا محمدؐ مصطفیٰؐ
جان محمد زرگر

# ھدیہ نعت بر ذاتِ رسولِ اکرمؐ

لال وندی حال باوی ازیتہ سُون
ولہ وندی زُو تہ جان سوری کرون

ماہِ رخسار ازمیہ ہاوِتو یا نبیؐ
جُوہ چاویو آبِ دیدار یا نبیؐ

ماجہ سانہِ چھی ڈیڈرہ چاٹی خاکروب
موٗل سانی چھی کفش بردار یا نبیؐ

چانہِ بینی ازمیہ ژھہم زورِن گرون
ہول کاشُم لول مشراوُم میہ پرون

دنہ گاران پتہ لارس دلبرس
یوکرس زُو جان فدأ پیغمبرس

چانہِ پانتھ چھس بہ پھیران کوہ بہ کوہ
چھُون انہار کائنات تس چار سو

سُتھ مُبارک قافلہ زانہ ڈلوٹھ نا
شرمہِ رُودُم سانہ راتھا پیوٗ ہوڈ نا

گرہ بہ مکہ گرہ مدینس سوز تم
ازمنعما پروردگارہ یوز تم

کیاہ گژھی کم اے خُدایی عالمین
ہاوتم روئے رسولِ نازنینؐ

چھم اکوی با ایں تمنّا در دلِ نہان
رُو برو وچھن نبیؐ دوجہاں

ہاوتم با ہاوتم یا ربَّنا
ہاوتم روئے رسول والضحیٰ

غائبانی چھس کران چانہ گفتگو
عاشقانہ چھُم میہ چولوی جستجو

دور پیٹھ سُتھ سور گو مُتھ خار چھس
سینہ پریاہ دیدہ گریاہ زار چھس

بس مُبارکی وَدِن ژھد کر ختم کلام
منتظر روز با ادب تس صبح و شام

(کلام مولوی غلام نبی مبارکی صاحب)

یا مُحمد گیہِ منور زندگانی چانہِ ءستی

آسمانکی زوُن تارکھ چھی شُبانی چانہِ ءستی

ہیئے وُستھ لات و مُنات ییلہِ گو صدائے لا اللہ

پیہِ پتھر زنجیر کُفرِچ ناگہانی چانہِ ءستی

عربہِ کمین جاہل فتورن ہاوتھکھ ژنے راہِ راست

بے کسو بیہِ مُفلسوئب قدردانی چانہِ ءستی

چھس پتھر پیوُ مت تکُم تھوُ د پانہِ دستِ نازِ وے

ہر اُکس پٹھ ساعتہ ساعتے مہربانی چانہِ ءستی

ذاتِ پاکن رحمۃً للعالمین دیُتنے خطاب

پوُ زیہِ دنیا بارسس آو دربیانی چانہِ ءستی

عنایت گل

چرار شریف



# نعتیه نظم از نادم (منتخب اشعار)

المتوفی: ١٣٢٩ھ

بوین سارئی ثنا حمد جباری
به بسیاری ز حد بیشماری

سزاداری سوئ درگاهِ باری
به یاری کرئ مه تم پروردِگاری

گنهگار امتی لیکهت جبینس
کرنهٔ وابسته ختم المرسلینس

پشر نس رحمتهٔ للعالمینس!
بو عاصی تس شفیع المذنبینس

ژه جسته دست بسته گرزهته راهی
دِ نس آهسته آهسته کماهی

شهنشاها شفاعت دستگاها
کران چهو عرض کاشر عذرخواها

چهٔ ہیمیت پتهٔ توی بے ستهٔ کھ گیمیت
ژه نش مهجور واریاه دور پیمیت

سِٹھاه گئی ضایع کوتاه زماٗ یه روزیو
یو ناعار ساٗنی زار یوزیو

مماتک پرده تهاوت چهوه حیاتس
لگئی قربان حیاتی انهٔ مماتس

یٔهٔ شت امر یاٗلوِ داف تراوِ
تنے کیتن بصورت یان لٲدو

ونیا جاهل مرن انهٔ خواب نازس
مجازس منتو گمت کوت واتِ رازس

بخلوت میٹھ نندر زٕ بیٹھ تراون
مناسب ما چھ امت مشه راون

توهی بے سایه سرد ک سایه ترادِو
سو سایه دون جهانن واتناوِو

ڈیکه بڈ کیاه سو یا صد نیک نامی
ڈِکیس یس لگو تهند داغ غلامی

# نعتِ محمدیؐ

رسولِ خُدا آو نُورالہُدیٰ
سو بدرالدُّجیٰ معنیٰ والضحیٰ

سو ذاتِ مقدّس سو روحِ لطیف
چھو نورِ ازل مظہرِ کبریا

زِ نورِ ظہورِس مشرف سپد
سو عرشِ بریں سدرۃ المنتہیٰ

زِ شکل و شمائل زِ حسن و جمال
بصورت بسیرت سو نُورِ خُدا

کنوی آو ذاتس صفاتس اندر
سو ازِ گنجِ وحدت دُرِ بے بہا

نہند دستِ رحمت چھہ دستِ خدا
زِ حق آو مِیُن آیتِ مارمیٰ

بآن طورِ موسیٰ تجلّیٰ اُسپُد
زِ انوارِ رخسارِ شمسُ الضحیٰ

تمے اُمّتس آی اُمّیؐ لقب
شفیعِ الوریٰ خاتمُ الانبیاء

تمی نورہ روشن چھو شمس و قمر
تمی نورہ ژُن دراو ارض و سما

چھو حبیبؔ انیس گوہرِ رازِ دل
بدرد و محبت کرُن جان فِدا

---

ز شام ما برون آور سحر را
بہ قرآن باز خوان اہلِ نظر را
تو می دانی کہ سوزِ قرأتِ او
دگرگوں کرد تقدیرِ عمرؓ را

(ڈاکٹر سر محمد اقبالؒ)

# محمدؐ کائناتک جوھر کُل

المتوفی:- ۱۹۹۳ء

از مرحوم غلام رسُول کاوسہ

محمدؐ آبروئے شانِ آدم
محمدؐ رنگ و بوے جانِ آدم

محمدؐ عالمس منز فردِ یکتا
محمدؐ ذات بے چوِن مثلِ مولی

محمدؐ کائناتک جوہر کُل
محمدؐ نورِ پردہ تھد تلُ

محمدؐ جلوہ تابان کوہِ طورک
محمدؐ آگرہ نورِ ظہورک

محمدؐ بوڈ منارہ نور افشان
محمدؐ بوڈ وجودا عقل حیران

محمدؐ آئینہ ذات خدایک
محمدؐ شاہباز لا مکانک

محمدؐ عرشِ اعلیٰ ترک و تازی
محمدؐ جنگ بدرک مردِ غازی

محمدؐ آدمس برونہہ نورِ مطلق
محمدؐ آخرک پیغامِ برحق!

محمدؐ بے کسن مظلومنی آش
محمدؐ دُنیاہس دینس اچھین گاش

محمدؐ اول و آخر محمدؐ
محمدؐ بس محمدؐ بس محمدؐ

---

یا نبیؐ عرشس چھو تاج سر چہ نوی نقشِ پا
چانہ براندچ خاک ملکن سجدہ گہہ خاکِ شفا

(رنہؔ انصاری)

از: سرور ہاشمی

# رحمۃ للعالمین خیرالبشرؐ

بے کسن ہنُد یار و یاور، چارہ گر
رحمۃ للعالمین، خیر البشرؐ
درد مَنُدن، غمزدن ہنُد سُے رفیق!
سایہ رَستین، پتھر پیمتین ہنُد شفیق
اُمتُک غم خوار سُے مولائے کُلُ
محرمِ اسرار، دانائے سُبُل
صاحبِ معراج، ختم المرسلین
پیشوائے اولین و آخرین
تمُے سُنُدے فیضانہٕ آدم ارجمند
زِندگی ہنُدی وَن بیابان بہرہ مَنُد
سوٗ رُخ رٲپی آدمس کرِ تمیٚ عطا
بہر وَرسید پوٚ بہ فیضِ مُصطفےٰؐ
فخرِ عیسیٰؑ، فخرِ آدمؑ سُے جنابؐ
مقصدِ تکوینِ عالمَ سُے جنابؐ

# نعتِ میلاد حضرت محمد مصطفیٰ ﷺ

آؤ سے یس لقب نبی کریم ﷺ
آؤ سے یس صفت رؤف و رحیم

آؤ سے یس ردا مزمل چھوی
آؤ سے یس قبا مدثر چھوی

آؤ سے یس چھو شاہد و مشہود
آؤ سے یس چھو حامد و محمود

آؤ سے یس چھو دون جہانن شاہ
آؤ سے یس چھہ روئے جمال اللہ جل

آؤ سے یس شہنشہِ معراج
آؤ سے یس چھو دون جہانن راج

آؤ سے یس چھو مصدر احسان
آؤ سے یس چھو اُمتک پشتبان

آؤ سے یس چھو ہادی دارین
آؤ سے یس چھو شافع کونین

آؤ سے یس چھو بے کسن یاور
آؤ سے یس چھہ شافع محشر

آؤ مشتاق بس خدا روبس
تس چھی عنبر ہران گیسوبس

تولہ پرتس درودہ کاسی غم
خالقن کر سو مالک عالم

دست پاکس اندر چھو آنکس قلم
کاسہ از اُمتس بہ ظلم و ستم

پادشاہ بو چھوس گدا چھو نوی
بوز بہر خدا صدا میونے

گرچہ ایں جرائم ہنود روا
عفو کن عفو یا رسول خدا ﷺ

ہزاراں درود و ہزاراں سلام
بذات محمدؐ علیہ سلام

نعتیہ رباعی

پیش از ہمہ شاہانِ غیور آمدہ
ہر چند کہ آخر بظہور آمدہ
اے ختم الرسل قرب تو معلوم شد
دیر آمدہ از رہ دور آمدہ

## نعتِ رسولِ اکرمؐ

ہا واوہ بہ شب نیری مے ماپھیری ترے گوئے ترير
تس پا بہ ٹڈس شانہ ٹڈس یردہ یمن شیر
ہمراہ تری تل بادِ صبا زاد سفر لول
تتھ خواب گاہس عطر و گلاب نافہ چھکان پھیر
تل ستی تری سبل یاسمن و لالہ تے نسرین
ہر طرف بصد شوق نمس کرڈر زی یمن ڈھیر
لونت تل زِ قدم جانہ بصد عجز و بہ تعظیم
وتھ نیر بہ وندے زوٗ پنن میانہ زود نیر

(بشکریہ جناب ابوالحسن فاروقی)

# مولود محمدؐ مصطفیٰؐ

این بشارت یوم مولود محمدؐ مصطفیٰؐ است
این مبارک روز. روز پرتو نور خداست
شد جمالِ قدسِ تو را چون بعالم جلوه گر
ساغر عشرت بدست عاشقان کبریاست

عالم جان جہاں زین عید در شور و نشور !!
کون و مکان را طرب از لطف و احسان خداست
از قدوم ذاتِ پاکش شد منور کائنات
از جمالِ نور پاکش گشت معطر ارض و سماء ست
مسند آرائی رسالت رحمۃ اللعالمینؐ
جملہ عالم را بسوئے آب حیات رہنماست
مسلم خوابیدہ باشی محو حیران تا بکے
عید میلاد محمدؐ بر ارض و سماء ست
ہاں بیا بر نام احمدؐ تا ہمہ یک جان شوم
در رہ عشق محمدؐ روح جان و سر فداست

# حرفِ آخر

وصف رخت والضحیٰ من چہ سرایم صفت
مدح تو گفتہ خُدا من چہ کنُم اضطراب

(حضرت احمد جامؒ)

یا صاحب الجمال و یا سیّد البشر
من وجھک المنیر لقد نور القمر
لا یمکن الثناء کما کان حقہ
بعد از خُدا بزرگ توئی قصہ مختصر

{مولانا عبدالرحمٰن جامیؒ}

یا ربّ صلّ وسلم دائماً ابدا
علیٰ نبیک خیر الخلقِ کلھم

یا ربّ حضور صلی اللہ علیہ وآلہٖ وسلم کی محبت میرے دل سے کبھی نہ نکالنا
اور خدا اس بندے پر رحم کرے جو میری دُعا پر آمین کہے۔

وَاٰخِرُ الدَّعْوَانَا اَنِ الْحَمْدُ لِلّٰہِ رَبِّ الْعٰلَمِیْنَ
وَصَلَّی اللّٰہُ تَعَالٰی عَلٰی خَیْرِ خَلْقِہٖ مُحَمَّدٍ وَّاٰلِہٖ
وَاَصْحَابِہٖ اَجْمَعِیْنَ بِرَحْمَتِکَ یَا اَرْحَمَ الرّٰحِمِیْنَ ۝

# کتابیات

# BIBLIOGRAPHY

"مطلع الانوار" کی ترتیب و تالیف میں جن کتابوں سے استفادہ کیا گیا ہے، وہ اس طرح ہیں:-

نام کتب مع مصنف

ارمغان نعت، ساجد صدیقی
ارمغان پاک، شیخ محمد اکرم
ارمغان مدینہ، کامگار کشتواڑی
ارمغان حرم، اقبال احمد سہیل
ارمغان میلاد،
سید محمد اشرف اندرابی صاحب
انوارِ محمدیؐ، محمد امیر اکبر آبادی
انوارِ محمدیؐ، امر شاہ کریری
انوارِ محمدیؐ، فاضل کشمیری
اقبال اور عشقِ رسولؐ، سید عبد الرشید
اعجازِ غیبیہ، پیر حسن شاہ کھویہامی
اسرارِ خودی، ڈاکٹر سر محمد اقبالؒ

نام کتب مع مصنف

المدیح النبی : یٰسین اختر مصباحی
احوال الاخیار، سید نور الدین کاملی
اشعار جاویدان پارسی،
انوار محمدیہ ،
بزم صوفیہ ،
بحر العرفان ، حضرت مرزا اکمل الدین
بوستان : از سعدی شیرازی
پارسی سرایانِ کشمیر، جی ، ایل ٹکو
تذکرہ و کلام جامیؒ، طالب ہاشمی
تاریخ ادبیات ایران: ڈاکٹر رضا زادہ شفیق
تاریخ حسن ، پیر غلام حسن کھویہامی
تحفۃ العشاق ، علی بھائی شرف علی
تذکرہ شعراءِ پارسی : عبد الحمید عرفانی

| نام کتب معہ مصنف | نام کتب معہ مصنف |
|---|---|
| تذکرۃ الاولیاء، خواجہ فرید الدین عطار | دیوان صابر ہمدانی |
| جواہر پُر نور، سید قطب الدین ماہر | دیوان بحری |
| چہل اسرار، حضرت امیر کبیرؒ | دیوان غنی |
| چراغ راہ، میر غلام رسول نازکی | دیوان میر حسین |
| حدیقہ نعت، سید محمد انور شاہ | دیوان حسان بن ثابت |
| حیاتِ سید المرسلین، غلام رسول رینزو | درود کبریت احمر، سید اسد اللہ دوارکی |
| حیاتِ جامی، اسلم جیراجپوری | دس ولی، سید بشیر احمد سعدی |
| خواجہ بزرگ، سید غلام احمد کاملی | راحت العاشقین، حضرت شیخ یعقوب صرفی |
| دیوان شمس تبریزی | رباعیات، " " " |
| دیوان غریب نوازؒ | زمزمہ نعت، |
| دیوان جامی | سید میر علی ہمدانیؒ، سیدہ اشرف ظفر |
| دیوان غوث الاعظمؒ | سرمایہ حیات، میر عبد الغنی |
| دیوان صرفی | سفینۃ الاولیاء، دارا شکوہ |
| دیوان حضرت احمد جام | تذ مشہور اولیاء، محمد مظفر اقبال |
| دیوان قطب الاقطاب، حضرت بختیار کاکی | سخنوران ایران، |
| دیوان صائب تبریزی | عربی ادب کی تاریخ، ڈاکٹر عبد الحلیم ندوی |
| دیوان خسرو دہلوی | عطر شکبار، سید قطب الدین ماہر |

**نام کتب معہ مصنف**

غزلیاتِ سعدی، سعدی شیرازی

غزلیاتِ شمس تبریزی

فرات، تنہا انصاری

فضائل درود و سلام،

فیضانِ رسول: سید قاسم شاہ بخاری رح

قصائد نعتیہ، غلام امام شہید

قصیدہ لامیہ، حضرت بابا داؤد خاکی رح

شمائلِ نبوی ص :- مولوی غلام نبی مبارکی صاحب

کلیات عطار، شیخ فرید الدین عطار رح

کلیات جامی، مولانا جامی رح

کلیاتِ شیخ العالم رح، نور الدین نورانی

کلیات صائف، حکیم غلام الدین صائف

کلیات شبلی، مولانا ابوبکر شبلی

کلیات نادم، عبدالاحد نادم

کلیات غالب، اسد اللہ خان غالب

کلیات ثناء اللہ کریری

**نام کتب معہ مصنف**

کلیات ناظم، عبدالاحد ناظم

کلیات قاسم الانوار

کلیات اشعار فارسی، سر محمد اقبال رح

کلیات عراقی، شیخ فخر الدین عراقی

کلیات شمس تبریزی

کلیات قاری

کلیات صائب تبریزی

کلیاتِ قریشی، محمد خلیل قریشی

کلیات مولوی صدیق اللہ

کشمیر کے فارسی ادب کی تاریخ: عبدالقادر سرور

کشمیر میں مغلیہ دور کے فارسی شعراء، محمد ظفر خان

گلستان سعدی، سعدی شیرازی رح

گلستان نعت

گلستان سخن چمن بے نظیر ——

گلدستہ نعت، واجد علی خان

گلشن نعت، مکتبہ علم و ادب سرینگر

گلشن نعت، غلام رسول کاوسہ

گلزار نعت، خاموش کریری

**نام کتب مع مصنف**

لطائف اشرفی، سید اشرف جہانگیری

لمعات نور، حکیم سبو مارہروی

لغات فارسی، رمضان علی شاہ

مہر نیم روز، اسد اللہ خان غالب

مثنوی، حضرت بو علی شاہ قلندر

معارف جیلانی، شیخ غلام جیلانی

مثنوی حکیم سنائی .

معراج مصطفےٰ، غلام مصطفےٰ امنظوی

مفتاح گنج عرفان، منظور علی نوری

مولٰنا عبدالرحمٰن جامیؒ،

طالب ہاشمی

منطق الطیر، خواجہ فریدالدین عطار

مرقع نعت،

مطلع الانوار: چھاپ: تہران، ایران

مطلع الانوار امیر خسرو دہلوی

نعتیہ شاعری کا ارتقار: ڈاکٹر محمد اسمٰعیل آزاد

نعت کے چند شعرا متقدمین: ڈاکٹر شمیم گوہر

**نام کتب مع مصنف**

نقوش رسولؐ نمبر، ادارۂ فروغ اردو لاہور

نعت محمدؐ، اشرف بکڈپو سرینگر

نعت رسول مقبولؐ،
(کلام حضرت عبدالرحمٰن جامیؒ)

نسیم طیبہ، جنگ بہادر خان نابش

ہفت اورنگ، مولٰنا عبدالرحمٰن جامیؒ

یا رسول سلام، مشتاق کشمیری

(مطلع الانوار کو مرتب کرتے وقت مستند ماٰخذ کو ہی مدِنظر رکھا گیا ہے :)

# مسجد نبویؐ کا کتب خانہ

قرآن پاک نے جابجا اس کائنات کے اسرار و رموز پر غور کرنے کی دعوت دی ہے۔ جب کہ رسالت مآب حضرت احمد مجتبیٰ محمد رسول اللہ صلی اللہ علیہ وسلم نے فرمایا کہ حصول علم کی خاطر اگر چین بھی جانا پڑے تو جاؤ۔ چنانچہ قرآن وحدیث کی ان ہدایات کا یہ اثر ہوا کہ سرزمین عرب میں عظیم مفسر، محدث، ماہر فلکیات اور سائنسدان پیدا ہوئے، ان ہی علماء نے قرآن وحدیث کے علاوہ جملہ عصری علوم میں ہزاروں کتابیں تصنیف کیں۔ جو قلمی مخطوطات کی صورت میں اپنی عظمتِ ماضی کی شہادت دے رہی ہے۔

دراصل عربی زمان میں اس قدر کثیر تعداد میں قلمی مخطوطات کا وجود عربی کے شاندار ثقافتی اور علمی زندگی کا آئینہ دار ہے۔ ان ہی حقائق کو مدنظر رکھتے ہوئے ۱۳۵۲ھ میں مسجد نبوی کے اندر ایک کتبخانہ تعمیر کیا گیا۔ جس کا تذکرہ مدینہ منورہ کے ایک مشہور عالم ڈاکٹر محمد الیاس عبدالغنی اپنی مشہور تصنیف تاریخ مدینہ میں اس طرح کرتے ہیں۔ جناب شیخ احمد یٰسین خیاری (متوفی ۱۳۸۰ھ) اس کتب خانہ کے پہلے نگراں مقرر ہوئے۔ سنہ ۱۳۹۹ھ میں اسے مسجد نبوی شریف کی شمالی سمت باب العمر سے متصل ہال میں منتقل کیا گیا۔ مسجد نبوی کی سعودی توسیع کے بعد اب یہ کتب خانہ مسجد نبوی کے درمیان میں آ گیا ہے۔ مسجد نبوی کی توسیع کے ساتھ ہی اس کتب خانے کو بھی وسعت دیا گیا ہے۔ جو سات مطالعہ ہالوں پر مشتمل ہے۔ اس کتب خانے میں ساٹھ ہزار سے زائد مطبوعہ کتب موجود ہیں۔ جس کی تفصیل اس طرح ہے۔ پہلا اور دوسرا ہال باب العمر قدیم سے متصل ہے۔ پہلے ہال میں علوم حدیث اور دوسرے ہال میں علوم تفسیر سے متعلق کتابیں ہیں۔ باب عثمان قدیم سے متصل ہالوں میں اصولِ فقہ اور فقہ کی کتابیں رکھی گئی ہیں جو مذہب حنفی، مالکی، شافعی اور مذہب حنبلی کے عنوانات کے تحت مرتب کی گئیں ہیں۔ چوتھا ہال تاریخی کتب اور پانچواں ہال مخطوطات پر مشتمل ہے۔ ۲۳ نمبر دروازے کے قریب تہہ خانے میں رسائل اور مجلات کا کتب خانہ ہے۔ جب کہ ۲۹ نمبر دروازہ سے متصل خواتین کے لیے کتب خانہ مخصوص ہے۔ مسجد نبوی شریف کا یہ کتب خانہ صبح ساڑھے سات بجے سے رات کے نو بجے تک مسلسل کھلا رہتا ہے۔ آج کل کتب خانے کے نچلے ہال میں عربی کتابیں محفوظ ہیں۔ جب کہ اوپر والے ہال میں اردو زبان میں اسلامی کتب موجود ہیں۔ اوپر والے ہال میں زیادہ تر پاکستان کی مطبوعات رکھی گئی ہیں۔ تشنگان علم اس کتب خانے میں ان کتابوں کا مطالعہ کر سکتے ہیں۔ دسمبر ۲۰۰۴ء میں جب میں حج بیت اللہ کے سفر محمود پر گیا ہم کو سب سے پہلے مدینہ پاک لیا گیا۔ ہم نے وہاں آٹھ دن گزارے میں ہر روز بعد نماز عصر میں اس لائبریری میں جاتا تھا۔ میں نے وہاں قرآن پاک کے بہت سے خوبصورت قدیم قلمی نسخے دیکھے۔ اس کے علاوہ عربی ادب پر وہاں کافی تصانیف موجود ہیں۔ خاص کر عربی نعتیہ ادب پر جن میں بعض کتابیں اس طرح ہیں۔ دیوان حسان بن ثابت، قصیدہ محمدیہ وغیرہ نعتیہ ادب سے دلچسپی رکھنے والے حجاج کرام یہ کتابیں وہاں کے کتب فروشوں سے خرید سکتے ہیں۔ مدینہ منورہ میں سب سے بڑے کتب فروش کے دکان کا نام مکتبہ دار الزمان ہے۔ آپ وہاں سے یہ کتابیں خرید سکتے ہیں۔

واخر الدعوانا ان الحمد لله رب العالمين

جان محمد زرگر (مؤلف)

آپ مطلع الانوار

مندرجہ ذیل کتب فروشوں سے حاصل کر سکتے ہیں:

☆...... علی محمد اینڈ سنز سرینگر

☆...... غلام محمد نور محمد تاجران کتب مہاراج گنج سرینگر

☆...... اشرف بک سنٹر ریڈ کراس روڈ سرینگر

☆...... جان محمد زرگر ویشن ہار عیدگاہ سرینگر (مؤلف)

**رابطہ نمبر:**

**9906499620**

